# 22- لولَن ڈُیتم سَنہ

لولَن ڈیُتنم سَنہ دانہ قرارَے
لولہ وایہ لولہ سیتارَے لو

لولہ وَنہ وولمُ لولہ دِودارَے
تنھ گرِ لولہ سیتارَے بو
لولہ چھان آمتٔ چھُ لولہ خمارَے، لولہ وایہ لولہ سیتارَے لو
لولہ سیتی کرِی لس نقش نگارَے
بیٚیہ تارِ گنجہ لس وارِ موٚہہ موٚہہ
سۆ ہم سۆ سیتی ڈیُتنکھ چارَے، لولہ وایہ لولہ سیتارَے لو
لولہ تارِ گنجہ لس منارو نارَے
لولہ ھیجنُن کرِ لولہ ہو ہو
لولہ ستٔ گورداریِ لولہ گوشوارَے، لولہ وایہ لولہ سیتارَے لو
لولہ نِے کوٚر تمُ یارَے یارَے
لولہ سیتی روزِ خمخارَے لو
لولہ سیتی وُ چھمے ژرشدرِمہ تارَے، لولہ وایہ لولہ سیتارَے لو
لولہ سیتی کو سنٔم کُل گٹہ کارَے
لولہ سیتارِ خاوارَے چھوُ
اوم اوم لولہ ناوِ سیتی اومکارَے، لولہ وایہ لولہ سیتارَے لو
لولہ اومکارُک ڈوٚن مے اسرارَے
لولہ سیتی لولہ بہارَے آم
لولہ سیتی کوٚر مے لولہ بابارَے، لولہ وایہ لولہ سیتارَے لو

لولہ باپارے چھُ لولہ بازارے
لول میٖون کنٛدرن کارے چھوٗ
ست گوہر کرِ سے نقش نگارے، لولہ وایہ لولہ ستارے یو
لولہ ستی گورنس گل گوشوارے
لولہ ستی لولہ گوش دارے یو
لولہ نام روزن لولہ شہارے، لولہ وایہ لولہ ستارے یو
لولہ اسرارن چھ لولہ مول بارے
لولہ گوشوارن گوش دارہ یو
لولہ گوشس میلہ ست گوہر دوارے، لولہ وایہ لولہ ستارے یو
لولہ ستی موٗندمے گل شہارے
ست گوہر دارے واٹرس یو
رنگہ رنگہ میلہ ہنگہ ٹھمارے، لولہ وایہ لولہ ستارے یو
لولہ تیشر کملوچھہ ہا وارے
گل گوشوارے چھےٚ نارو نار
نار منز ذرامتی چھہ کنٛدرن کارے، لولہ وایہ لولہ ستارے یو
ست گوہر سامیس ترٛزتھ ہا وارے
گل گوشوارے ترٛنیے روبرو
یاوچھ وارے تنتہ کرجارے، لولہ وایہ لولہ ستارے یو
گو وسٛند چھےٚ ونان بار میارے
لولہ اسرارے چھےٚ زور داوار
بھاگیہ وان عشقہ ہیان زر کھارے، لولہ وایہ لولہ ستارے یو



# 23- وَلو لولو مےٚ کوٗرمےٚ

وَلو لولو مےٚ کوٗرمےٚ سال لولو

وَلوٗ لولو ژےٚ کیٛاہ چھےٚ ناو لولو
وَلوٗ لولو ژےٚ کُیٛتھ سوہ باو لولو

ژٕ رُوٗدُکھ نا مےٚ ناٰلی نال لولو، وَلو لولو مےٚ کوٗرمےٚ سال لولو

وَلوٗ لولو ژےٚ کمیٛتھ چھےٚ حال لولو
مےٚ ہاوُم وارِنٛژرِنٛچ ڈال لولو

بہٕ مارَے لولہٕ ژۄ برِچ نال لولو، وَلو لولو مےٚ کوٗرمےٚ سال لولو

وَلوٗ لولو ژےٚ کمِتھی چھی جامہٕ لولو
مےٚ دُچھکھ لولہٕ چھکھ اَنام لولو

ژٕ رُوٗدُکھ مےٚ سِتیٚ دُمبال لولو، وَلو لولو مےٚ کوٗرمےٚ سال لولو

وَلوٗ لولو ژےٚ کیٛتھ چھےٚ رَنٛگ لولو
وَلوٗ لولو ژےٚ کیٛتھ سَت سَنٛگ لولو

مےٚ دۄنٛتھ وارِ پٔژمک زال لولو، وَلو لولو مےٚ کوٗرمےٚ سال لولو

وَلوٗ لولو ژےٚ کمِتھی چھی کھور لولو
ژےٚ ترٛۄوُتھ لولہٕ داوُک دور لولو

ژےٚ ہۄوُتھ لال سٕے بےحال لولو، وَلو لولو مےٚ کوٗرمےٚ سال لولو

وَلوٗ لولو ژےٚ کیٛتھ چھےٚ پان لولو
مےٚ گُڈی تھٔم لولہٕ سیتی پٔران لولو

تمِہٕ گوو بنٛد مےٚ چھُم دُمبال لولو، وَلو لولو مےٚ کوٗرمےٚ سال لولو

وُنؤ لولو ژےکیتھ اُتہار لولو
وُنؤ لولو ژےکیتھ دَربار لولو
ژے کُر ٹھَم لولہ جادؤ چال لولو، وَلولولو مےّ کوّرمے سال لولو
وُنؤ لولو ژےکیتھ چھے نوُر لولو
ژے ہلو وُتھ لولہ تو ژک نوُر لولو
ژے کوّر ٹھَم دُمبرے دُخال لولو، وَلولولو مےّ کوّرمے سال لولو
دَنان گو وِیند چھہ لولک حال لولو
چھہ ہا دان لولہ زدرچ چال لولو
مےّ دِ شِیتَم لولہ لولک پیالہ لولو، وَلولولو مےّ کوّرمے سال لولو
ژے ناوے لالہ کالہ سمہار لولو
ژہ ہا وُم پانہ دُشمن دار لولو
کوّرتھ شُشن پنجسے دُخال لولو، وَلولولو مےّ کوّرمے سال لولو
دَنتَ بھاگیہ وان یہے اسرار لولو
ژہ دوہنی سَت گوہ رہیتھ کَن دار لولو
چھہ شیوِے دوہنی مےّ نائی نال لولو، وَلولولو مےّ کوّرمے سال لولو



گپت وے باتیں رکھی جاتی ہیں جو اَنو چیت ہوتی ہیں۔
گپت رکھنا بھے کا ڈیوٹک ہے
بھے بپت ہونا منشیہ کے اوپر ادھی ہونیکا ڈیوٹک ہے۔



# 24- چھُ لوٗلےُ لوٗلہٕ سےٚ گاران

چھُ لوٗلےُ لوٗلہٕ سےٚ گاران، چھُ لوٗلےُ لوٗلہٕ سےٚ گاران

مےٚ موٗلےُ گووِنٛد کوٗلےُ، شیٖن کیٚتھ موٗختہٕ اُمیٖ ڈوٗلےُ
موٗ کھہٕ کنیٖ زَن چھُ سُہ تاران، چھُ لوٗلےُ لوٗلہٕ سےٚ گاران
دَتیٖن بھاگیہٕ وان پچھےٚ میاٰنی دَرےٚ لوکٹ میٹھی چھِسےٚ نابے
اُمیٖ آسہِس بہٕ ژیٖٹے پیٖرٛاران، چھُ لوٗلےُ لوٗلہٕ سےٚ گاران
گرَمی لوٗزُم مےٚ چھوٗتےُ ناو، مَنگان ہیٚم چھُپٕہ یہٕ چیاٰنی ناو
بیٚنہٕ کھوٗرسے ژٕ چھُکھ تاران، چھُ لوٗلےُ لوٗلہٕ سےٚ گاران
چھےٚ آسان آوٕلنی سےٚ مَنٛژر، کَران گووِنٛد چھُ تمہٕ کےٚ سُنٛژر
بھَقیٖن یکدَم شہنشاہ کُران، چھُ لوٗلےُ لوٗلہٕ سےٚ گاران
زَبن ہنٛدُے ژٕ چھُکھ ساگَر، زہَر پیالس مےٚ اُمرتھ کَر
بَھکت چھی موٗ کھہٕ ہیٚتھے پرٛاران، چھُ لوٗلےُ لوٗلہٕ سےٚ گاران
اَمیٖ آلِس بہٕ ژیٖٹے لِتشے، مےٚ ماٚ رَوٗدُم کیٚنٛہہٕ پِتشے
اَنُم تیٖلہٕ اُمرتک باران، چھُ لوٗلےُ لوٗلہٕ سےٚ گاران
اَدٕ نُم سوٗ تہٕ شیٖن گرٕ سےٚ مَنٛژر، کَران گووِنٛد چھُ تمہٕ کےٚ سُنٛژر
بہٕ تَتھ شیٖنس چھُسےٚ پرٛاران، چھُ لوٗلےُ لوٗلہٕ سےٚ گاران
دوٗنےُ اسرار بھاگیہٕ وانے، مےٚ لوکٕ پیالہٕ مَنٛژر مَنے
سُہ ہیٚتھ چھُس سَت گوٗرس پرٛاران
چھُ لوٗلےُ لوٗلہٕ سےٚ گاران

●

# 25- وَلے وَلِسی وَنہٕ یِیے لولکُ حالے

وَلے وَلِسی وَنہٕ یِیے لولکُ حالے، ششِ پنچ منزٕ دُخالے گوم
یہ وَلِسی وَنہٕ یِیے کُس گوٚ لولے، لوٗزتھ پیٚنہٕ تےٚ مولے گوم
وُچھہ وَلِسی گو وشِد کولنی چالے، ششِ پنچ منزٕ دُخالے گوم
بوزِ وَلِسی گوتاہ لولے وَتےٚ، کھاٗزآ دِ تیل پیٚنےٚ گوم
لولہٕ سیٚتی وولتم لولہٕ دُشالے، ششِ پنچ منزٕ دُخالے گوم
بوزِ وَلِسی لولےٚ چھہٕ کُنےٚ کنےٚ، گتھ لولہٕ کاتر زوٗنے گوم
ستہٕ عِ سیٚتی گرٕ لش سری پنہٕ جالے، ششِ پنچ منزٕ دُخالے گوم
بوزِ وَلِسی گو شوٚ لول کیاہ کرن، پانےٚ وِدوری گرن گوم
لولہٕ وِدوری کرٕ لوٚپچ حالے، ششِ پنچ منزٕ دُخالے گوم
بوزِ وَلِسی لولےٚ زاہنہٕ تےٚ مشہٕ نےٚ، دُشمن لیشہٕ نےٚ کیشہٕ نےٚ تل
دشہٕ نےٚ گرٕ لش گرٕ شنی حالے، ششِ پنچ منزٕ دُخالے گوم
بوزِ وَلِسی گوشو لولکُ ترفےٚ، لولہٕ رنگہٕ برفا برفےٚ گوم
ژوٗرن طرفن چھےٚ گوہٕ ریشتر جالے، ششِ پنچ منزٕ دُخالے گوم
لولہٕ رنگ دیتنم گرٕ ماگرٕ مےٚ، لولہٕ سیٚتی ترمانہٕ مےٚ گوم
لولہٕ نارانن محصس خلہٕ خالے، ششِ پنچ منزٕ دُخالے گوم
لولہٕ سیٚتی ژھوٚنڈم لولہٕ کاری گرٕ، لوٗزتھ زٕرےٚ زٕرےٚ گوم
لیشہٕ نےٚ گرٕ لش ترٕ پیچ حالے، ششِ پنچ منزٕ دُخالے گوم
بوزِ وَلِسی گوتاہ لول گوم کھلہٕ سےٚ، زٕرہ ڈٕدھتھ لولہٕ کس گلہٕ سےٚ گوم
لولہٕ سیٚتی ہوٚو تم میم کیاہ دالے، ششِ پنچ منزٕ دُخالے گوم

بوزہِ وسیی کوِتاہ لوسےُ تُوشَن ، لول گوُسِت گوہ رگوُشن مُشر
لولہِ سِتیِ زُٹنس ءآمالی نالے ، شُشن ریج منشر دُخالے گوم
لولہِ سِتی تُرھونڈم لوُلگ زَرِے ، لولہِ سِتی لولہِ زَرگرےآوَ
زَرِسِتیِ کرئنمُ زَرچی چالئے ، شُشن ریج مُشر دُخالے گوم
لولہِ سِتی سَت گودرِ تاوَے یلے ، لولہِ سِتی جَلے جَلے آو
لولہِ سِتی چیمُوے لولگُ پیالے ، شُشن ریج منشر دُخالے گوم
بوزہِ وشیی گوشُو لول گیٹھہِ کین ، تَرھانڈِ یہ کُل سَت زُنَن گوم
سَتہِ ورے چیمُوے سَتہ کی پیالے ، شُشن ریج منشر دخالے گوم
تھاگیہ وانہِ کرمستِر لوُلن جایِی ، ترھانڈِ یہ سَت گوہ رجایے گوم
سَت گوہ رروٹھمے ناءآلی نالے
شُشن ریج منشر دُخالے گوم



# 26- لولہِ مَنشر لس لول

لولہِ منشر لس لول وتھر ویتیے لو
لولہِ گوہ ریسے چھُ گوہ کَر ونییے لو

لولہِ گوو بشد اڈ تمے لولہِ سالے
لولہِ سِتی تُربی مَس لولہِ پیالے
لولہِ ڈال دِتھ لول ہیئیہ چوتییے لو، لولہ گوہ ریسے چھُ گوہ کر دنییے لو

لولہ ستی گنٹزرئس لولہ ڈالے
لولہ ستی وُچھہ ہَس خط خالے
لولہ دوٗرہٕ ہیبہ لولہ اُترنیے لو، لولہ گوہرِ سے چھُہ گوزہ کریتیے لو
لولہ ستی ہیٚہمے لولہ دارسے
لولہ کےٚ دوہ دیھیرئے لولہ وارسے
لولہ وانے ہیمہ مَنٛد ونیے لو، لولہ گوہرِ سے چھُہ گوزہ کروتیے لو
لولہ دانِس چھُم نٛنٛدرنیے لو
لولہ لوٗزن چھُم پاکہٕ وُنیے لو
لولہ نارہٕ چھُم چھاوٕ اَنونیے لو، لولہ گوہرِ سے چھُہ گوزہ کرونیے لو
لولہ زرکےٚ تھال گرنیے لو
گلہ سٹنک پیالہ اَنونیے لو
بھاگیہ وانے چھُہ بتہٕ باگرنیے لو، لولہ گوہرِ سے چھُہ گوزہ کرونیے لو
لولہ لوٗزن بزرو تھہ کنُ اَوٚنیے لو
لولہ باجن ستی کھشونیے لو
خال کانٛسہٕ چھُم سال کرونیے لو، لولہ گوہرِ سے چھُہ گوزہ کرونیے لو
سَت گوہرِ لے پاتہٕ دیٚت وڈنیے لو
لولہ نارن جوش کٔس اَوٚنیے لو
تسی تسی چھُئے اومہ ژھیٚوٹ کھشونیے لو، لولہ گوہرِ سے چھُہ گوزہ کرونیے لو
لولہ ستی تمی ہاکیُ اَوٚنیے لو
بھاگیہ واتہٕ ہیٚوتہٕ مٔسر دارنیے لو
یتھہٕ نہٕ روزلِس یَرمانہٕ چھونیے لو، لولہ گوہرِ سے چھُہ گوزہ کرونیے لو

سَت گوٚرِ یسے چھُہ یانہٕ دِیُٹ وۄتھِیہ لو
لول کَس مَنز چھُہٕ گَنہٕ کھوتہٕ گوٚڑھیہ لو
یُس ممبرِ گَرزِتھ آسوٗنیہ لو، لولہٕ گوٚرِ یسے چھُہ گوٚرٕ کَرُونیہ لو
وۄن تھاگیتھ وانہٕ لوٗلک داستان
قُلہٕ گوٚو یُند لو لہٕ قلم یاسنٕے
اَمِیسے شوٗ بہٕ خطاب دِتھنیہ لو، لولہٕ گوٚرِ یتہٕ چھُہ گوٚرٕ کَرُونیہ لو

## 27 - پرٛیمکے گوٚرِ مے سوالا

پرٛیمکے گوٚرِ مے سوالا ، روٚٹ مےٚ پرٛیم نالہٕ ہۄ

ہیوٚرِ مےٚ پرٛیسیم لوٚلن مےٚ پرٛیم ، تتھہٕ مکھی شتیٚم دِہرم
میمسے مَنز وُچھ مےٚ دالا ، روٚٹ مےٚ پرٛیم نالہٕ ہۄ
وَتہٕ سے مےٚ پرٛیم اَتھ مےٚ پرٛیم ، دَتہٕ مےٚ پرٛیمک کلُ دِیتم
لٔج پھُلے اَنوارِ اَعلے ، روٚٹ مےٚ پرٛیم نانہٕ ہۄ
زَر پرٛیم زلیوَرِ مےٚ پرٛیم ، سَر پرٛیم گُفتارِ ہۄ
پرٛیمسے مَنز وُچھ مےٚ چالا ، روٚٹ مےٚ پرٛیم نالہٕ ہۄ
کڑوَر پرٛیم لوَر پرٛیم ، لوٚرہٕ پرٛیم آمہٕ تاو
سَوٚرِ پرٛیمکی پرٛیہٕ لالا ، روٚٹ مےٚ پرٛیم نالہٕ ہۄ
اَتہٕ مےٚ پرٛیم دَنہٕ مےٚ پرٛیم ، تتہٕ مےٚ پرٛیم زھورِ مے
پرٛیمکے وۄ لسے دُشالا ، روٚٹ مےٚ پرٛیم نالہٕ ہۄ

دوست پرِیئم ، لوست پرِیئم ،
اوس پرِیئم دوولت مَنے ؛
کوس یئیمی تُس چھ زَوالا ، روٹ مِتے پرِیئم نالہ ہو
گوہر پرِیئم گوہر گوہر مِتے پیٹرِیئم
سوہر مِتے دُشتَم پیٹرِیئمکے ؛
پرِیئمیے مُشتاق مالا ، روٹ مِتے پرِیئم نالہ ہو
ست پرِیئم ، اَست پیٹرِیئم ،
اَکھوا پرِیئم کَتھ حبایہ روُد
پرِیئمی دُنی مِتے مِثالا ، روٹ مِتے پرِیئم نالہ ہو
واز پرِیئم ، راز پیٹرِیئم
ساز روٹے پیٹرِیئمکے ؛
پرِیئمکے جہاز بالا ، روٹ مِتے پرِیئم نالہ ہو
مَنہ پرِیئم رکھمنہ پیٹرِیئم ؛
کھَنہ پرِیئم او مکار روپ
پرِیئمکے دوون مَنہ گوالا ، روٹ مِتے پرِیئم نالہ ہو
پرِیئمہ گُل چھے مھاگِیئہ وآنی
پرِیئمہ گُل مُنشِد باآنیئے
ہردِ چھولی مِتی خوردہ سالا ، روٹ پرِیئم نالہ ہو



# 28- آو لولہِ قلم

آو لولہِ قلم اوٚرُے، تتھ اَتھہِ بہ داروٚسیٚ ییے
بہ لیکھہِ کوٚتاہ لولےٚ، چھُنہٕ تتھہِ شُمار وٚسیٚ ییے

چھُہ لول باوٕکہِ روٗپےٚ، بےٚ یکھتیار وٚلیسیٚ ییے
ہیٚژرووٕ متّے دوٗر دوٗرےٚ، دِیہِ ناقرار وٚسیٚ ییے
یہِ لول بییِہ لوٚیت پھیٖوٗرےٚ، چھُہ یار تیار وٚلیسیٚ ییے
چھُہ لول پالنس نٔشےٚ، چھُنہٕ کرُنہِ شہار وٚلیسیٚ ییے
یہِ یِیٚ تارس ترٔوٗرےٚ، سوٗ ہمچیہ تار وٚلیسیٚ ییے
چھُہ لول اومہ کےٚ روٗپےٚ، چھُہ خوش گُفتار وٚلیسیٚ ییے
یہِ میٹھی دمہ سےٚ یادٔن، چھُہ گوٚرتیار وٚلیسیٚ ییے
چھُہ لول گوٚرہِ پشدرِ روٗپےٚ، زٔن موختہٕ ہار وٚلیسیٚ ییے
چھُہ لول لیوزن ووسٔلےٚ، بھکت چھُہ تیار وٚلیسیٚ ییے
چھُہ لول گڑٕہ گوٚ ہارےٚ، چھُہ گنگادار وٚلیسیٚ ییے
چھُہ لول ششکلہِ روٗپےٚ، سیہتھ شِوٕ تیار وٚلیسیٚ ییے
چھُہ لول شوٗرہِ کہِ روٗپےٚ، چھُہ نار وٕ نار وٚلیسیٚ ییے
چھُہ لول یارٔ یےٚ پارٔےٚ، عاشق چھُہ تیار وٚلیسیٚ ییے
چھُہ لول تیٖرکہِ روٗپےٚ، شکار تیار وٚلیسیٚ ییے
چھُہ لول ہمسنہِ روٗپےٚ، ژھارٔن چھُہ گار وٚلیسیٚ ییے
چھُہ گار لولس گارٔن، چھُہ گوٚرتیار وٚلیسیٚ ییے
چھُہ لول مرکہِ روٗپےٚ، کمل چھُہ خُمخار وٚلیسیٚ ییے
چھُہ لول بھاگیہ وان روٗپےٚ، دَم دِتھ بُجار وٚلیسیٚ ییے

چھُ لول گووہنٛد رُوٗپے ، چھُھ گُل ہنٛہار ولسیمی یے

چھُہ لول بھوٗشنُن رُوٗپے

بھاگیہ وآن تن دار ولسیمی یے



## 29- وَنہٕ کَس مَدٕ لو

وَنہٕ کَس مَدٕ لو، وَنہٕ تِس وار نو

یارِ غمخار ہو تنہٕ سٕیتی تن

لولس ہیٚیوٗ کانہہ زوراوار نو ، لولن کوٚرنم سَر تلہٕ سوٚون

دوٚن گوشن مشر لوکُ بار نو ، یارِ غمخار ہو تنہٕ سٕیتی تن

لولس ہیٚیوٗ کانہہ آتش نار نو ، لولے پھیوٚرُم زوٚن طرفن

کھوٚنہٕ سیٚیمی لَلہٕ وُے تِس قرار نو ، یارِ غمخار ہو تنہٕ سٕیتی تن

لولس ہیٚیوٗ کانہہ ژنٛدن دار نو ، کَرتلہٕ گَری نم ہنٛہٕ ہنٛہٕ گَن

ژنٛدٕ تِس سٕیتی مان کرِ دِ دار نو ، یارِ غمخار ہو تنہٕ سٕیتی تن

لولس ہیٚیوٗ کانہہ خوشبوٗدار نو ، لولن ئری نم جنگل تہٕ وَن

مَس چیتھ مَس لُیس تس نشہٕ گار نو ، یارِ غمخار ہو تنہٕ سٕیتی تن

لولس ہیٚیوٗ کانہہ بآنی کار نو ، لولن کرٕ نم لآنی ملہٕ وَن

شَنگ سیٚیمی پھُٹہٕ رِی تس زنگار نو ، یارِ غمخار ہو تنہٕ سٕیتی تن

لولس ہیٚیوٗ کانہہ زوٚمیدار نو ، لولن نم غوطہٕ کٔڈی نم دوٚن

رۆزِتھ روزن مشر سہار نو ، یارِ غمخار ہو تنہٕ سٕیتی تن

لولس ہیٚیوٗ کانہہ موٚختہٕ ہار نو ، لولہٕ سٕیتی دآرمس لولہٕ گردن

نٲلی نال ییٚس تَس گُفتار نو، یارِ غمخار ہو تَنہٕ ستی تَن
لوٗس ہیشُو کانہہ فیشن دار نو، لولَن گُنڈی نَم کَم بھوشَن
چھوو شیمی بہار رووَلو کیچار نو، یارِ غمخار ہو تَنہٕ ستی تَن
لوٗس ہیشُو کانہہ کُندَن کار نو، لولَن تاآدم نارِ مَشتَن
گالہٕ ہیتھ زرگر گالہِ تتھ کھار نو، یارِ غمخار ہو تَنہٕ ستی تَن
لوٗس ہیشُو کانہہ وَزَن دار نو، لولہٕ ستی لوٗلس چھی تولَن
سیم بانہٕ زانی نیم لوٗختہٕ کار نو، یارِ غمخار ہو تَنہٕ ستی تَن
لوٗس ہیشُو کانہہ آبِرخمار نو، چوٗرِ چوٗرِ کوٗرنے دوٗرِ عاشقَن
سوٗرِ ٹری گُنہ تُوٗرِ شمار نو، یارِ غمخار ہو تَنہٕ ستی تَن
لوٗس ہیشُو کانہہ خریدار نو، لولَن دوٗنیم لولے چِین
روٗل کیاہ گوٗل کیاہ نوٗل تتہٕ بار نو، یارِ غمخار ہو تَنہٕ ستی تَن
لوٗس ہیشُو کانہہ تالِسے وار نو، لولے چھے نشہٕ بھاگیہٕ وانَن
مھسما بنتھ کھبسہٕ آکار نو
یارِ غمخار ہو تَنہٕ ستی تَن



دان لینے والا دُوسروں کا محتاج ہی نہیں بلکہ اُن کے احسان کے نیچے دب جاتا ہے، اُبھرتا نہیں۔
لوگ دل کے اُبھارنے اور اُس کو طاقتور بنانیکا سادھن ہے، اگر وہ غلام ہوگیا تو آزادی کہاں سے آئے گی۔



## 30 - ژُچھم گَنڈٕ دۄر

ژُچھم گَنڈٕ دۄر سرِ بن ترووِ بڑ کاش
وُلے وَن ہاری مترٕ بر تاری پھول گاش

مےٚ کرِہ متی چانہِ باپتھ دارِ بَر بہشٕد
ژٕ نے کوٚر تھکھ چوٚرِ چوٚرِ لوٚرِ اَشہِ وَشہ
مترٕ مخمورٕ گُرتھ ما دوٚن سرِن فاش، وُلے وَن ہاری مترٕ بر تاری پھول گاش

مےٚ ہتٕر مترِ چانہِ باپتھ چھم فقیری
ژٕ نے کرٕ تھم عالمن دوٚن آیتھ امیری
کھسکھ آکاش ہَٹ مرتھ ژھانڈ کتہٕ لاش، وُلے وَن ہاری مترٕ بر تاری پھول گاش

مےٚ کوٚر مُتا چانہِ باپتھ نامہٕ پَیغام
ژٕ نے تھوِ تھم پامہٕ روزُن ساری سے نام
مےٚ اَسہم آش ہاوکھ لوٚرِ بڑ کاش، وُلے وَن ہاری مترٕ بر تاری پھول گاش

چھہ گوٚرِ شُند واکیہ آسان دوٚن ترن تور
چھہ گوٚرِ شُند واکیہ آسان ژھوپہ اَندرٕ شور
چھہ گوٚرِ شُند واکیہ آسان گُنڈ نس چاش، وُلے وَن ہاری مترٕ بر تاری پھول گاش

چھہ گوٚرِ شُند واکیہ آسان گنڈٕ اَندرٕ شَشم
چھہ گوٚرِ شُند واکیہ آسان صُبحٕ شبنم
چھہ گوٚرِ شُند واکیہ آسان دُشمنس داش، وُلے وَن ہاری مترٕ بر تاری پھول گاش

یمن ست گوٚرِ بنٕ آسی دُنیا یسے
یمن چھے سایہ بانے حبابہ جایسے
سمُندرٕ تس بنی یوٚد آسہِ اکھ ماش، وُلے وَن ہاری مترٕ بر تاری پھول گاش

یێمِس سَت گوٚرِنٛ کرٕ شِکتہٕ پیاتے
تمٕس ہَب ماج تٕشکتی تہٕ تِشکنہٕ نابِھے
تمٕس کُتہٕ بھَے سہٕ چھپے اَبھَے تہٕ ابھناش، ڈلے وٕن ہاری متٕر رٕ برتاری بھوٚل گاش

گُرتھم آسُن یِنٛ سَت گوٚر کھوٚتے مَنٛتر
تھَوَن تیتھہٕ پاٹھی چھہٕ یتھہٕ پاٹھی جامہٕ تِنہٕ مَنٛتر
سُنتھہٕ شَتھہار زَھوٚنڈٕم منٛکہٕ کےٚ گاش، ڈلے وٕن ہاری متٕر رٕ برتاری بھوٚل گاش

چھہٕ مَنٛگُک گاش تٕرھانڈان بھاگیہ وانٕے
وَنےٚ کُشیاہ لتھ چھُ لَس اَتھ غار زانٕے
تمٕس چھُہ ہیٚوٕ مےٚ سَتار تہٕ سِرٕی سیٚرٕ پرکاش، ڈلے وٕن ہاری مرٕ رٕ برتاری بھوٚل گاش



# 31- لُس لولہٕ سوٚکلہٕ

لُس لولہٕ سوٚکلہٕ پان وَلے ، اَدِ بھوٚلے سوٚ

نَنہٕ وار گیہٕ سِس بھاگیہٕ وانٕے وُچھ مےٚ پانٕے سوٚ
گوٚ رٕنے وُچھنٕم تھلہٕ تھلے ، اَدٕ بھوٚلے سوٚ
گوٚ رٕنے گوٚ سُم زرٕ زرٕرے ، یِی ناز رٕرے . لوٚ
زَن گاڈ آسِس مَنٛتر کوٚ لے، اَدٕ بھوٚلے سوٚ
کَتھہ مِیانہٕ لوٚز تو دوٚرٕ فلے ، وَتھہ چھُہ ہاوان سوٚ
تِرٕ ہ وَتھہ چھُہ ہاوان یِتھہ نٕہ ڈلے ، اَدٕ بھوٚلے سوٚ
نیٚنٛدرٕ مےٚ گنجم زوٚلہٕ زوٚلے ، چانہٕ سَکلے سوٚ
بوٚمبرٕ مشوٚن یِتھہ نو ڈٕلے ، اَدٕ بھوٚلے سوٚ

ݜشکل چھیمو گلہ گلے ، ݜیو ݜنیرے بوٗ
اَدِ ہی گئیہ مو مسوَلے ، اَدِ پھوہ لے سوٗ
تیتھ وَر دُیتھم ہُیتہ للے ، گلہ گلے سوٗ
لیس گو رِیے بیٹھ یانٗ گالے ، اَدِ پھوہ لے سوٗ



# ۳۲ - نہ بہ مستانے

نہ بہ مستانے ، نہ بہ دیوانے
مےٗ جانانے ، یانے آو

مَنہ کِنی ژھونڈُم سَت گوہ رِبھانے ، یا نہ بھاگیہ وانے مےٗ نشہ آو
گو ہشد ناوَس رِبہ بھاگیہ وانے ، مےٗ جانانے یانے آو
گو رِنے دُیتیم کرشنہ ہُشد دیانے ، مشر قادخانے دیوکی آو
جبدا تہ ہشد گو رِتس ترارانے ، مےٗ جانانے یانے آو
دِرے تراوتھ چھُم دُوِیم دیانے ، ݜو شکتی ہیتھ یانے آو
اَشہ کنہ وَ چھنم خوٗنہ بارانے ، مےٗ جانانے یانے آو
ترےٗ کارَن چھم ستی ستی یانے ، ژوٗر وید وِستارانے آو
سَت گوہ رِ وُچھنم بیتشرم ترانے ، مےٗ جانانے یانے آو
ݜتشکلہ دوَد مَس ݜتیل یانے ، سَت سوہ یادِک کوٗ زنم یاد
اَشتہ سنز کھوٗزنم ییتہ دورانے ، مےٗ جانانے یانے آو
نوَن دارَن دارِ دمہ یانے ، ژھینہ کر یانے وُتشن واو
دوٗادشہ ہارک اَدگرشانے ، مےٗ جانانے یانے آو
ایکادشی ہُشد کھموگھانے ، کرشنہ یار نلہ ترارن ناد

تتھ منز شمع تہ بییہ پروانے ، مےٚ جانانے پانے آو
پاہن پرجن منز بے پانے ، تترٔ لیو وشہ سری پۍ یُشند چھُم سوبھاو
ژٔہ دشہ ہشز زوٗن چھس لیوٗر نوٗرانے ، مےٚ جانانے پانے آو
پننم دوٚہ وُچھِ مے سریہ تابانے ، کھاور سیے سوبھا سکر ناو
اکہِ جیوتہِ وُچھ مے نوٚن نارانے ، مےٚ جانانے پانے آو
مالا مال چھُے امرہتہ بانے ، چیتہ والین چھی ہیٚون ہیٚون ناو
بانہ چھُ کُنے تے بیٚون بیٚون کھانے ، مےٚ جانانے پانے آو
وُچھ ہا پانے اکہ اکہ دانے ، کس کوٚت کوتاہ لیکھتہ آو
گوہ ریسے ستی گردشش تہ مان مانے ، مےٚ جانانے پانے آو
نظراہ دِژ مے دُطرفانے ، کس سیٹھ کوتاہ گوہ رُشند باو
گرُون پانے گوہ رہبانے ، مےٚ جانانے پانے آو
دار سیٹھ ڈیو نھُم یارِ دردانے ، سر پیٚار کرِ ہا چونے ناو
کار رستی وُچھ مے مار ہیچانے ، مےٚ جانانے پانے آو
سریہ شند روٗیہ آو سرو سامانے ، ستہ چے کتھ کرانے آو
ارژن دلیوٗن وُچھ مےٚ رتھ بانے ، مےٚ جانانے پانے آو
تو شہ نا دُتیتم لوسۍ وہمانے ، ستو ہتھ ستو نیروانے آو
ست گوہ روٗ وُچھ مے حیرانگانے ، مےٚ جانانے پانے آو
شری باشن اوس شری دوستانے ، کھری والہ واشہ لاگانے آو
کھری والہ واشن گوم زوٗلانے ، مےٚ جانانے پانے آو
بھاگیہ وانہ وُنی نے لولہ افسانے ، ستگورُ مثون چھُے گرِشتہِ شند ناو
پرمہ گوٗرُ مثون چھُے کوٗشیروانے
مےٚ جانانے پانے آو



# 33 - ہی اگورَے نوٗرکہ نوٗرَے

ہی اگورَے نوٗرکہ نوٗرَے ، بہٕ گوٗرہٕ گوٗرَے کراٰیو
مےٚ مَنٛز موٕنے چھِم چانہٕ رٕوٕنے ، بہٕ چھوہ تہٕ چھونے کرآیو

ہی سَت گوٕرَے ژٕرا ژٕرَے ، ژٕیِے ژامُرے کراٰیو
ہی گووِنٛدَے ژٕرنار بِنٛدَے ، بہٕ پنٛدہٕ بنٛدَے چھلاٰیو

سوٗہَم لَیے کالنہٕ بھَیِے ، چانے زٕیِے مِلاٰیو
کَنَن اَنٛدر کَتہٕ دوٗرَے ، ژٕیِے کوٗفوٗرَے مِلاٰیو

ہی سَت گوٕرَے ہا آگرَے ، کَر سورہِم کَیاہ کراٰیو
مَنٛز ہرٛدیِے گوکھ اُدَیِے ، بہٕ یمہٕ بھوہ لےٚ سمراٰیو

چھُکھ موٕکھہٕ موٕکھے ، ژوٗلُم دوٕکھے ، غرق گَییس کراٰیو
سُدام زانتھ سہٕ دھام دیُتھم ، لُسُن موٗنگ لیوٗ گیشوراٰیو

چھُکھ ماشُرَے ، گرمُن کُھرَے ، مےٚ کاس سَے چھُم زراٰیو
اَنٛدر اژرَے انٛدری نژرَے ، بھیبرَے نہٕ برہٕ براٰیو

پٕرَیِیہ یہ لبٕ چھےٚ مےٚ ہیتہٕ کوہ چھےٚ ، ژٕم تہٕ یمہٕ کنکراٰیو
سہٕ چھیُم ڈٕرَے ، موٗنگمے وَرہٕ ، دِیُتھم شوٗشکراٰیو

چھُس اَنزانے اَن پرمانے ، تولُم لوٗرہٕ دراٰیو
لیَس چانٛی زانے سوٕ بھاگیہ وانے ، کُرنان چھُم سَتگوٕراٰیو

# 34 - کُنی کتھ میثاقی

کُنی کتھ میثاقی کَر منظور، وَتَن چھے باغ اِرِم چھ حور
وُچھم ویدن پُرانن منتر
وُچھم قسم آیئین قورانن منتر
وُچھم دوٚن مذہبن سۭتۍ نوٗر - وَتَن چھے باغ...

ڈلَن چھم دوٚن اچھن سوٗرمے
چھلَن چھس چانہٕ شبنمے
گلَن چھس یارٕ موہیم دوٗر، وَتَن چھے باغ....

ہیٚتھرِم یارَس پیٚتے خارٕی
تَمی آسِم مے انہٕ وآری
سیٚتھے ساری گیٚیس منظور، وَتَن چھے باغ.....

یہ کوٚرنم گوہ رشتڈی واکین
نہ کھوتٕرس قاتلن شراکن
نہ رووٗرس لولہٕ تیٚرن دوٗر، وَتَن چھے باغ....

مے نشس موروز کھینس ژٕرئے دوٗر،
یہ کتھ میثاقی کرتہ منظور
مُنگ منزل اوٚمک گوٗر گوٗر، وَتَن چھے باغ....

مے موٚنگمے گوہ رشتڈے دیانے
توٚتے سیٚٹھ دِم مے پرواے
نیے لوٗرن کرٕنی چھم لوٗر، وَتَن چھے باغ.....

گوہ رس سیتی کرم کیوٗل
وُرے دتھ یی مے موٚنگمے پھل
گُکلہٕ ہنز لولہٕ ہنز کو ستوٗر، وَتَن چھے باغ.....

کرن تر بیلو کیہے پیٚٹر کرم،
گژھیم آسن گلس شبنم
گلس سیتی زلان چھے موٗر، وَتَن چھے باغ....

زندس گنڈن مے جاناۓ
مرتھ دِم شبو سر والے
وَتَن یاون رشتک سطور، وَتَن چھے باغ.....

مے موٚنگمے اول بر بھاتن،
گژھیم سنت گوہ رشن کھین کھینہٕ
کرن بھاگیہ وان ژٕرئے اتھی مجبور، وَتَن چھے باغ اِرِم چھ حور

# 35 - پالہ وِنی اَزہے واڑ

پالہ وِنی اَزہے واڑ میئون پوڑلےُ لو
وَلےَ کرَسےَ کھوہ نہ مَنزرِ ولےُ لو
اَکھ رادھایہ بییّہ مَنہ رِکھمنے
بھاگیہ وانے جُبدایہ ہتو تہکھ کھونے
لولہ والیس لُونگ ڈولےُ لو، وَلےَ کرسےَ کھوہ نہ مَنزرِ ولےُ لو
گوزی کَنکہ تہ بیّیہ دژایہ گوزی بلیے
وَلےَ ژھانڈون کرِ شن جایہ جایہ
ہٹیک ہُنزر تہ کَنہ کے دولےُ لو، وَلےَ کرسےَ کھوہ نہ مَنزر ولےُ لو
وَلےَ ژھانڈون ہندر اَنیسے مَنز
موہ رلی ناد گژھہ نا کَنہ ہیسے مَنز
یادُ اُنگ یہ بادام خولےُ لو، وَلےَ کرسےَ کھوہ نہ مَنزرِ ولےُ لو
وَلےَ ژھانڈون جمنایہ نالَن مَنز
ژَلےَ آسہ ماشری خیالن مَنز
مُرنے کیتھ ووُن موہ جتہ ہیولےُ لو، ولےَ کرسےَ کھوہ نہ مَنزرِ ولےُ لو
جان کیاہ سون جانہ جانانے چھےُ
جانانے ینہ نے یانے چھےُ
بوے ہندسون ماج تےُ عولےُ لو، ولےَ کرسےَ کھوہ نہ مَنزر ولےُ لو
نادُ اُمی شُند شوبی شیام لالیے
اُمی لالسَن ووُلنم دُشالیے
داجہ ہُندےَ کرِ نیکھ موہ لولےُ لو، ولےَ کرسےَ کھوہ نہ مَنزرِ ولےُ لو

وَلے ژھانڈون ذرس درسے منز
ترلے آسہ ما کنہ گوڑی گرسے منز
ڈیکہ کے ٹکہ ووڈ منڈ سولے لو، وَلے گرسے کھوہ نہ منزولے لو
وَلے ژھانڈون ٹھکتی باوس منز
وچھ کھکلے گو وہنڈ ناوس منز
اومکار ہنڈ گو وہنڈ کولے لو، وَلے گرسے کھوہ نہ منزولے لو

# 36- سیے دشمنے دانا

سیے دشمنے دانا، جانانہ رودم سایہ سے
گنڈ کنٹھ ووکھ گو برے، نون دزاو شبو تشنگرے
زو ترووم ست گو پدائیسے، جانانہ رودم سایہ سے
من منڈرس وتھرونے، نون دزاو جانانہ میونے
روزنا بہ گران گنج گاہ، جانانہ رودم سایہ سے
یڑ زھہ ہس کنیاہ کمیاہ کھیئیے، ست گو راو نم لیئے
پھول سو ہم سو ژول نزاہ، جانانہ رودم سایہ سے
جیتو مے منے پرتیمک میی، تمی ٹوٹھیوم دیی
گو پشد ستی کورمے واہ واہ، جانانہ رودم سایہ سے
بیہنا بہ تس بروٹھہ کنے، بیان کورمے ہنہ ہنے
بیانہ ستی گوم بنڈ شاہ، جانانہ رودم سایہ سے
زرسنے منے ہووم ذرہ ذر، تمہ کنی منے ٹوٹھیوم سنگور
مونگم منے سیے درگاہ، جانانہ رودم سایہ سے

روزن یہ ست گوٗرگرے ، یانےٗ بیان کرے
بُہِرین تارِس یِنِ شاد ، جانانہٕ رُوٗدم سایہٕ سیٚے
عُمر شاہ کورٕ بھاگیہ وانے ہیون ست گوٗرکرتہٕ بنے
ژھانٛڈتھ ذرِ سیٚے اَنے ، جانانہٕ رُوٗدم سایہٕ سیٚے



## 37 - اومکارٕ سُندٕ شنگار

اومکار سُندٕ شنگار ، گوٗرٕ دٔوارٕ میٚونُم مےٚ
شبانہٕ شوٗبان چھُم ، تابانہٕ چھُم اوم اوم
چھُسمن ہُنٛدٕ خمار ، گوٗرٕ دٔوارٕ میٚونُم مےٚ
مےٚ سیٹھ کُن دزٕنم جلے ، تتھ ڈیٚہ ہے ست گوٗرمارے
یتھ آسس وۄمیدوار ، گوٗرٕ دٔوارٕ میٚونُم مےٚ
مورٕ چھیلہٕ چھُم چاروپاس ، تم میلق خاص وخاص
تتھ موٗ ختنگ چھُے جالار ، گوٗرٕ دٔوارٕ میٚونُم مےٚ
بےٚ موٗ چھُس اَندرٕ چونی ، یی لیلا یہٕ زوٗن مجنوٗنی
گوٗرٕ دارے زونُم گاز ، گوٗرٕ دٔوارٕ میٚونُم مےٚ
چھُم شولان شمع روے ، ہی بھٔو چھم سیاہ موے
تتھ دۆیہِے نوبہار ، گوٗرٕ دٔوارٕ میٚونُم مےٚ
بےٚ رادھا بےٚ رُکھمن ، تو میچھ تتہٕ ستی تن
شِل نیٚو تھم دِل قرار ، گوٗرٕ دٔوارٕ میٚونُم مےٚ
دَرٕ دست چھُم گُل کمل ، دستہٕ لسبتہٕ تنبرزل
تل یادن منشر آبشار ، گوٗرٕ دٔوارٕ میٚونُم مےٚ

بوشِ کھوژم مُستانَن ، گوشِ دِتی مَس اُستانَن

چھُسم سائیس آیہ سیاد ، گوڑ دِوارِ مِیُولُم مےٚ

تَنہِ ژھوڈُم جایہ جانان ، بےٚ تَمی سِتِھ مَحلے خان

وٚدُنتُ چھم بار مبار ، گوڑ دِوارِ مِیُولُم مےٚ

یارِ ذاتس تَل بیتھس ، رادھا یہ ہِندی پاٹھی روٚٹھس

تَمہِ کِنی پیوم یُن دوٚ بار ، گوڑ دِوارِ مِیُولُم مےٚ

توٚرِ کھمَن چھےٚ نالان ، دوٚنی دوٚر بَر چھےٚ تِہ زالان

بھاگیہ وانہ دُنی اُسرار

گوڑ دِوارِ مِیُولُم مےٚ



## 38- شَبانہِ پکھنا سوٚن

شَبانہِ پکھنا سوٚن ، جانانہِ وَندے کرٚزون

لولہِ داوٚن تراوم دور ، سیتی کاوَن آیس لور

یہ لول اوسُم پرٚزون ، جانانہ وَندے کرٚزون

تَمہِ کِنی مےٚ تیجبر ترٚوٹ ، کومہ اوٚنمے مےٚ امر بہ لوٚٹ

مَتھنر تھوومَس سوٚہِم دون ، جانانہ وَندے کرٚزون

یہ دامہ چیتھم ژرےٚ ، چھےٚ شیامہ ہیانی دَرےٚ

وِبرِ ارِ پرِتس چھون ، جانانہ وَندے کرٚزون

مَس چیتھہ یہ وَصلک جوش ، اَدِ دارُم لولک گوش

بَرِ تَل ہا سَر چھےٚ میون ، جانانہ وَندے کرٚزون

تمہ بیٹھی چھم جائی وتھ ، تتہ اوٚن کٔن ییہ کثرت
ہرِ چیتھ چھم زرٕ زرٕ چوٚن ، جانانہٕ وٚنٛدے کرٕوٚن
تتہٕ وٕچھم زرٕے زٕر ، تتہٕ آسس بے خبر
کرتہ روٗزنہٕ میوٗنے لوٗن ، جانانہٕ وٚنٛدے کرٕوٚن
سے وُچھم باآنی کار ، تتہٕ دآرِن کمہٕ اوتار
وُچھ دیدوٗ ویدوٗ دوٗن ، جانانہٕ وٚنٛدے کرٕوٚن
کوٗرکُکلے گوٗ وِشاد گوٗ ، تٕھی مٔنٛز چھے سوٗ ہم سوٗ
مٔنٛز سوٗ ہس صدا میوٗن ، جانانہٕ وٚنٛدے کرٕوٚن
گوٚہ ڈٕچھوٗدُم ترٕے زرٕ ، اَدٕ ہرٕن دُشتنم ہر
مٔنٛز سوٗ ٹھکس موٗ خنگ دوٗن ، جانانہٕ وٚنٛدے کرٕوٚن
تتھی موٗ خِتس کوٗرمے ہار ، بَن تمہٕ کُے خریدار
چھُے ذرس جیت میوٗن ، جانانہٕ وٚنٛدے کرٕوٚن
دوٗن خُشمن جبرے لال ، تتھ مٔنٛز چھُے چوٗنے حال
ہیوٗت خِشمو اَدٕشس ترٕاوِن ، جانانہٕ وٚنٛدے کرٕوٚن
وُچھ دوٗن خِشمن ماگاش ، تتہٕ سیٚرس وُچھمے فاش
بھاگیہ وآتے دوٚنہٕ تے نوٗن ، جانانہٕ وٚنٛدے کرٕوٚن



## 39 - گرٕشتہٕ ناوٕس لگے پآری

گرٕشتہٕ ناوٕس لگے پآری ، وُچھوکُس گرٕشتہٕ مُرآری
چھلس یاد آشہٕ کے زلہ ستی ، سوٗ ہم تیتر کمہٕ ستی
چھلس پادٕ مے نگس پآری ، وُچھوکُس گرٕشتہٕ مُرآری

دِمس گوڈ آشہِ کے زلہ سیتی ، سۆ ہم تیتر کملہ ستی
دِمس گوڈے لگس پارہی ، وُچھو کُس کرشنہ مرآری
لوٗزا یہ لاگس ستہ کی پوش ، سۆ ہم سر کے سُنے ملوش
کرس لوٗزا لگس پآری ، وُچھو کُس کرشنہ مرآری
مےٚ دُشٹنم ستہ کرے سو بھاوے ، وُچھو کیتھ کرشنہ شُدناوے
کرشنہ ناوس لگس پآری ، وُچھو کُس کرشنہ مرآری
ستُک امر یتھ ستک بانے ، چینے گیہ پانہ بھاگیہ والے
چیمس امر یتھ لگس پآری ، وُچھو کُس کرشنہ مرآری
گووِشد ناوُک ٹیوٗ کے گوز نم ، ٹیکس منز زرِ جی چونی جرم

جرس جوٗنے لگس پآری
وُچھو کُس کرشنہ مرآری



# 40 - چنگہ بین مُرلی

چنگہ بین مُرلی نادِ لوٗزم ، رادھا سوامی ہے

دیا گرتم دیتہ دیالن ، یتھ دیان حاتم ڈلے
آٹھن مبنتھ گمی روٗزم ، رادھا سوامی ہے
سنتو سادِ وِحساب لوٗزم ، فاضِل باپتے نئے
گاگرِ منزِ رے ساگر لوٗزم ، رادھا سوامی ہے
ذرِ ذرِ وُچھمس زرہِ کُے مایا ، تھایا گاسِتھ لئے
وِزِ وِزِ شُشکل سوٗ ہم وُزم ، رادھا سوامی ہے

بۆن کُن رۆزِتھ ژۆن مَنٛز ژھورُم، شین ہیٚنٛز آسِم پَرٛدے
دۆن سیتی میلِتھ کَنٛے سۆزُم، رادھا سوامی ہے
آگمہٕ دلِشُک پیٚیہِ لۆزُم، یِیہ مَنٛز ہوتے ہے
تۆندرِ کہِ نارٕ بُزٕ مُت تُزُم، رادھا سوامی ہے
یاتالی گنہِ پَن پدی بیٚیلہِ زاٹِم، آکاشی تجمُس کھے
نُہوتھ سَتہِ کیاہ وَنہِ نظم، رادھا سوامی ہے
ہۆچھیاہا چھا مَحوٗر ماہ چھا، جاہ بہٕ جاہ کیاہ چھے
سُے گو تَنظم اِسمِ عَظمُ، رادھا سوامی ہے
اِسمِ عظمَس کُن چھُیَس دارتھ، کیٛشیا رِتھ چھو مے
بیٚتہِ کیاہ رۆ ژُم تۆت کیاہ سۆزُم، رادھا سوامی ہے
بھاگیہِ چھُ آمُت یِی بھاگیہِ وٲلِنیٚ، اَنکھ چھپالِنٕ ہے
یِیمی یہ لۆزُس سُے مے لۆزُم
رادھا سوامی ہے



## 41- دِلبَر دِلارامہٕ

دِلبَر دِلارامہٕ ژٕ یِیے مَنہٕ نِگارو

پٔرنام گوڈٕ نِکہٕ ستھانہٕ، لۆز ہیٚنٛد دیانہٕ نِگارو
پیٚالا رۆزِس چھینہٕ، اَنٛدر مَنہٕ نِگارو
دۆن اَچھ لۆشُن مالہٕ، ژٕ یِیے دَمبالہٕ نِگارو
رٹھ نالہٕ پَن مارٕ چھینہٕ، اَنٛدر مَنہٕ نِگارو
آمِن یُنَن لۆش تارِم، تسہٕ شہٕ نِگارو

ژیٚیے نشہٕ لگی ڈمپنہٕ  اَنٛدَر مَنہٕ نِگارو
یژھہ تارٕکن مشہٕ زٕوٗنہٕ شوٗبان، چیوٗنہٕ نِگارو
نَقاش نقشہٕ کھنہٕ، اَنٛدَر مَنہٕ نِگارو

سِرِین ہوٗرم تیز چھُ کیٛاہ  چیٛنزٕ نِگارو
ٹھنٛڈ ییٚلہٕ یژ ژٕنڈ ینہٕ  اَنٛدَر مَنہٕ نِگارو
شوٗس گرٕم بوسہٕ، وَلس توسہٕ نِگارو
لبَس گوم تبسم تشنہٕ، اَنٛدَر مَنہٕ نِگارو
ہاہ رٕوٗد ہیوٗچے جایہٕ، نوٗنم نہٕ پایہٕ نِگارو
چھاَنٛتھ ییٚتھ کیٛاہ چھیٚنہٕ، اَنٛدَر مَنہٕ نِگارو
گوٚرن دوٚپم داے، ہمسہٕ تژایہٕ نِگارو
بیہ اوس تی رٕوٗد ینہٕ، اَنٛدَر مَنہٕ نِگارو
گوٚ ہیٚنٛد ناوس لوال، لوٚرم شولہٕ نِگارو
کُلہٕ اوٗنم وَنہٕ، اَنٛدَر مَنہٕ نِگارو
کیٛنژو ژھونٛڈُے تُور ژٕنٛڈن دوٗرِ نِگارو
کیٛنژو موٗلے تتنہٕ، اَنٛدَر مَنہٕ نِگارو
کیٛنژہٕ برٕنیرِتھ نیاسہٕ، تھوٚتھ داس نِگارو
کیٛنژہٕ ساس مُلتھ چھیٚنی  اَنٛدَر مَنہٕ نِگارو
ہرٕ مَنٛدٕ سوٚہم دانہٕ، یژ ییٚمہٕ چانہٕ نِگارو

بھاگیہٕ وان تی رٕوٗز چھیٚنہٕ
اَنٛدَر مَنہٕ نِگارو

# 42 - نوٚوُے بُلبُل نوٚوُے گلزار

نوٚوُے بُلبُل نوٚوُے گُلزار، نوٚوُے بَہار وُچھمَے مےٚ
سوٚرُم سوٚہَم کوٚرُم ژھوٚہ پیٚہ دَم، ژھوٚہ پیٚہ گُفتار وُچھمَے مےٚ
نوٚوے تتھ زیر بَمہٕ سیے تار، وٕزُن مَنزٕ دار وُچھمَے مےٚ
نوٚوُے چھُس ساز نوٚوے آواز، دوٚگنٕ تتھ چار وُچھمَے مےٚ
نوٚوُے چھُس زیتھ نوٚوُے اَمرِتھ، بے شُمار وُچھمَے مےٚ
نوٚی سَتا زَن چھِ دآرِتھ کَن، ووٚہ میدوار وُچھمَے مےٚ
نوٚی بَرتَن نوٚوُے چھکھٕ اَن، کَرُن آہار وُچھمَے مےٚ
نوٚوُے سودا تہٕ سَودا گار، نوٚوُے بابار وُچھمَے مےٚ
نوٚی چھِہ کھہ آسی گَمتی اِظہار، نوٚوُے بُلغار وُچھمَے مےٚ
نوٚوُے پَرہیز تہٕ پَرہیزگار، نوٚوُے اَنوار وُچھمَے مےٚ
نوٚوُے چھُے شاہ نوٚوُے گوگاہ، نوٚوُے دَربار وُچھمَے مےٚ
نوٚی سیوَک چھِ سیوا کار، نوٚوُے سَمسار وُچھمَے مےٚ
وُنُن بھاگیہ وانٕ لو لیچ زان، شَمشیر دار وُچھمَے مےٚ
سیٚمس نیٚہ زان سُہ چھُے بھاگیہ وان، سیٹھاہ دُشوار وُچھمَے مےٚ

# 43 - جَل وَلہٕ جَلو مےٚ ہاو

جَل وَلہٕ جَلو مےٚ ہاو
مےٚ موٗ تشبلاو مَتیشو

بہٕ وُژھسے پتہٕ مہٕ پیارے، پژارے ڈُچھنہٕ دارسے
ژٕ کیش مشراوُ متیشو

مےٚ چھمپہٕ چاۓنی زِپر، مےٚ ہاوُم پنہٕ نے پیر
دوٗر برمہٕ پاو متیشو

بہٕ وُچھہ ہن رو بروسۓ، ژٕلیم اَدٕ ساہِے دِے
مےٚ سوٗرُے باو متیشو

مےٚ ہوٗوتھ کیاہ بہٕ خاپے، گٔیس نابے دتاپے
سہٕ آپے چیٚناو متیشو

بہٕ وُچھہتھ صبحہٕ دمے، ژٕلیمٕ اَدٕ سوٗر غمے
اَڈرے بولہٕ ناو متیشو

ژٕ رُوٗدکھ دوٗرِ دوٗرے، مےٚ ستیٚ کرٕ وادٕ پوٗرے
مےٚ ما مشٕد چھاوُ متیشو

بہٕ دشہٕ نے موختہٕ وُورے، گژٕ آیو گوٗرٕ گوٗرسے
ژٕ دوٗر اُلراو متیشو

مےٚ دوٚسپہ کتھ مےٚ ہاو، سہ رسے اَدٕ چیوٗنے ناو
روزٕ نو گژاو متیشو

پھیرٕ ہا ژو پوٚرُے، اَسہٕ کتہٕ تیوٚت زورِ
چھےٚ کھوٗرن کھژاوُ متیشو

یکہٕ ہا نۍنہٕ وورسے، یارِ چیُم گوٚبا بورسے
سہٕ گاٹھ واتناوُ متیشو

اُمی ژھوٗرُم مےٚ گوٗوشد، سہٕ واتناوِ سوٗرُے اَنْد
ژٕ موہ کھتی ڈیاوُ متیشو

کوڑرے تمی غم ناشئس، ژھاران بھاگیہ وان پچھے
ژ امر یتھ تراو متیٖو

گژھس پانہ بھاگیہ وانے، اَنہِس لوٗری ہینہ پانے
لوٗرُے کیاہ چاو متیٖو

مےٚ مو کرُیوٗت ژیرے، وُچھےٚ نو لوٗ کھ تہ بیرے
مےٚ برُ مژراو متیٖو

مےٚ آمُت اولہ تیرے، تمی چھُس مجبوٗرے
سِرُن کن تھاو متیٖو

مےٚ گوٚمُت چھُم ہولےٚ، وُچھِن گود ہنِد کوسے
مےٚ مو مُشراو متیٖو

اژ مے روٗٹھ سے مےٚ لیے، اَدِ لوٗ ٹھیٖوم دِسے
بیےٚ ھیدُہ ناو متیٖو

مےٚ وَن کُس گوٚ لوٗلے، مُٹھیم ژُتری باژ مولے
ژ لول باگراو متیٖو

بہ وَنہ ہا ہیہ بیٖے، بہ ہاوِ ہا موہ یہ موہیے
شیٚنیے ودھ تھاو متیٖو

مےٚ ڈوٗلمت اوس مٚنے، رَنہ کیتھ ژوٗژ اَپے
ہیٚسی کیتھ چھاو متیٖو

گیٖس شو دہن ہنے، کھیتم وُدہ ژی لوٗزرنے
ژسیم آمہ تاو متیٖو

بہ کھیاو تھ کھیر کھنڈرے، ژ ہاوُم اَکھنڈرے
ھنڈرا پلاو متیٖو

کھٹنھ آسپس یہ موہس، سہ رذوم بیٹھ کوہس
دوہا رو ترِاو منتیشو

مے ہاوم گو ویشڑے، کھلیم اڑ ناد ویشڑے
سہ ناد وزناو منتیشو

کرم من پران بنشڑے، مے ہاوم شو کلہ چیڑے
انڈے واتاو منتیشو

ونیشو وسے لوہ کہ چارس، چھوئن ووہ تی نو بہارس
چھ گلہ نے کزاو منتیشو

ژنے تھوتھم نمی تلی، یوت تام بیوم مولی مولی
ژنے ژھونڈ تھیاو منتیشو

مے ژھونڈے زرگرے، سہ ہاوم ذرہ ذرے
اتیاے اشزراو منتیشو

گیس ہابھاگیہ وانے، مے وچھیے دانہ دانے
لیجم لوڑھ ناو منتیشو

## 44 - ولے گرژھہ وے ستگو ردار ولیسہ ییے

ولے گرژھہ وے ست گوہ دار ولیسہ ییے
ست گو ردار کیاہ چھ شو یہ دار ولیسہ ییے

آم قاصِدا پُر خُمار وٚلِیہ ییے
ژوٚپ مٔے لٔس کٔن دوٚہ تارِ ترار وٚلِیہ ییے
وَلے وٚنہ ییے تٔشِد انہار وٚلِیہ ییے، سَتگوٚ پِردار کٔیاہ چھُ شوٚبدار وٚلِیہ ییے
چھُس ترشوٚلاتِر خمدار وٚلِیہ ییے
بٔیہ ڈابراہ کٔیاہ ڈولدار وٚلِیہ ییے
سِہہ مِسلاہ سوٚ ہَم کار وٚلِیہ ییے، سَت گوٚ پِردار کٔیاہ چھُ شوٚبدار وٚلِیہ ییے
یادوٚ چھُمَس شمشیر دار وٚلِیہ ییے
زَنگہ وٚ چھُمَس سَنگ مَرمَر وٚلِیہ ییے
تَرِ وٚ چھُمَس تھَر گُلزار وٚلِیہ ییے، سَت گوٚ پِردار کٔیاہ چھُ شوٚبدار وٚلِیہ ییے
اَتھ وٚ چھُمَس سَت ھموار وٚلِیہ ییے
نَم وٚ چھُمَس گُل اَنار وٚلِیہ ییے
سینہ وٚ چھُمَس ہیتہ باجوار وٚلِیہ ییے، سَتگوٚ پِردار کٔیاہ چھُ شوٚبدار وٚلِیہ ییے
یونہ وٚ چھُمَس دولہ اشتہار وٚلِیہ ییے
ہوٚٹ وٚ چھُمَس گَٹہ گوہار وٚلِیہ ییے
موکھ وٚ چھُمَس مَنہ ختنے ہار وٚلِیہ ییے، سَت گوٚ پِردار کٔیاہ چھُ شوٚبدار وٚلِیہ ییے
وُٹھ وٚ چھُمَس دوٚہ زٔلی نار وٚلِیہ ییے
دَند وٚ چھُمَس قَند گُفتار وٚلِیہ ییے
زیو وٚ چھُمَس ذیو کُلمار وٚلِیہ ییے، سَتگوٚ پِردار کٔیاہ چھُ شوٚندار وٚلِیہ ییے
لَش وٚ چھُمَس لبَت دَمدار وٚلِیہ ییے
بُمہ وٚ چھُمَس سُرمہ کنجہ دار وٚلِیہ ییے
چشمہ وٚ چھُمَس پُر خُمار وٚلِیہ ییے، سَتگوٚ پِردار کٔیاہ چھُ شوٚبدار وٚلِیہ ییے
کَن وٚ چھُمَس گُل گوشوار وٚلِیہ ییے

ڈیکہ وُچھمُس ٹِکہ کھاوار ولیٚہ ییٚے

کلہٕ وُچھمُس گُل سمسار ولیٚہ ییٚے، ستگوٗرُ دارکیاہ چھہ شوبدار ولیٚہ ییٚے

ہُنڈ تتھ منز ژٕندرمہ ستار ولیٚہ ییٚے

جیٚٹھ نیٚے منز جیٚٹا دار ولیٚہ ییٚے

ناد تمی سُند کالہٕ شہمار ولیٚہ ییٚے، ستگوٗرُ دارکیاہ چھہ شوبدار ولیٚہ ییٚے

تمی دوٚیم مٔے رزِ پان کھار ولیٚہ ییٚے

سوٚہہ ستی اگہ مُوہُس نار ولیٚہ ییٚے

اَدٕ ہاوے گُل بہار ولیٚہ ییٚے، ستگوٗرُ دارکیاہ چھہ شوبدار ولیٚہ ییٚے

ریٚتھہ وُچھمس دیہہ آکار ولیٚہ ییٚے

سیٚے گوٗرنم مٔے گوٚرنے یار ولیٚہ ییٚے

کالہٕ بھبیہ سیٚے کٔرنم مٔے لار ولیٚہ ییٚے، ستگوٗرُ دارکیاہ چھہ شوبدار ولیٚہ ییٚے

ودٕنے بھاگیہ وانہٕ لیوہے اسرار ولیٚہ ییٚے

گووِنٛدٕ گوٗ شاہس ژٕ کھار ولیٚہ ییٚے

رٔٹھ ژٕ ستگوٗرُ گُل تہٕ گُلزار ولیٚہ ییٚے، ستگوٗرُ دارکیاہ چھہ شوبدار ولیٚہ ییٚے

## 45 - دِلہٕ گوٗش دارُم

دِلہٕ گوٗش دارُم دِلہٕ بوزمیا آنی

شِلہٕ پیٚدمانی دیدار ہاو

ناد کٔمی کوٗرِ سیٚے نوٗرِ بیگا می تہٕ

نوٗرِ کہٕ نوٗرِ ستی دوٗر اَلِہٕ راو

ناران ناد چھہ چھوٗنہٕ جرآنی، شِلہٕ پیٚدمانی دیدار ہاو

سونہ گچھہ آیے حوٗرہ وٕنہ واُنی
دوٗران چانین اوٗمہ سگےٚ ناو
سوٗ ہم ولمہ ستی آوایکھانی، شلہ پدمانی دیدار ہاو
شوٗ ستنگرٕنی چھکھے راجہ رٔنی
مآلس چانس ہی مال ناو
سونہ گچھہ حوٗرہ چھے گوٗرہ کرآنی، شلہ پدمانی دیدار ہاو
جامہ کمہ ژنگیے رٔنگرہی نشہ پانی
امرِتہ رٔنگہ نے ہشیوٗ کمت چھاو
سونہ گٕہن چانئن واوکرآنی، شلہ پدمانی دیدار ہاو
گہنہ کمی گرہی نے گاہ تراوآنی
گہنس چانس پانسک باو
گووبیشہ گو ستی آد گرآنی، شلہ پدمانی دیدار ہاو
سونہ رمہ کمہ لوگیے سونہ رمہ نشہ پانی
سوٗہم میلہ ستی برنے آو
چشمہ مخموٗرس موٗرہ دوآنی، شلہ پدمانی دیدار ہاو
نم چانی ژنگمتی پانہ نارآنی
ترٕنے تاپ متیانی شہلتھ آو
یہ تاپ کوسم چانی کرمہ لانی، شلہ پدمانی دیدار ہاو
دوہ نوٗرے دٕتیاہ دژراو مشہ آنی
کھوٗرن لاجن اوٗمہ چی کھراو
ناوہ ہند نم آو لوٗٹھ کھارآنی، شلہ پدمانی دیدار ہاو
کھوٗرسے روٗٹنے اتھہ نیت آنی

پڑتیِ مبکہ یانہٕ ستی برنےٚ آو

گوٗر گوٗر کوٗرتس گوٕرنےٚ میٚآنی ، شٲلہٕ یدٕمآنی دیدار ہاو

نَشکلہٕ بیٲلُس چھُ اتھہٕ دارآنی

شٕنیہ ششٕنیہ لایان ستھوٗس ناد

شوٗشکھتی وُچھ گوٕرنےٚ میٚآنی، شٲلہٕ یدٕمآنی دیدار ہاو

شوٗسوٗرٕ وٗلیس دوٗرٕ وُچھآنی

واہ واہ اومبہٕ ستی چھُس گران داو

سوٗ ہَم دانہٕ ستی دوٕ دمندآنی ، شٲلہٕ یدٕمآنی دیدار ہاو

دوٕ دمنٕنز کھاران لال دُرد آنی

مُشتاق تتھ چھےٚ زرگر مناو

مہنہٕ کنہٕ شوٗبان مار بیچیٲنی ، شٲلہٕ یدٕمآنی دیدار ہاو

زرٕ ستی شوٗبان سَر چھُم چوٗنےٚ

ہرنےٚ کوٗرٕ سےٚ نشدٕ لوٗتےٚ ناو

پاروٗتی یہ لوٗر کرٕ ہی لوٗرٕ ن میٚآنی ، شٲلہٕ یدٕمآنی دیدار ہاو

وار وارٕ شوٗس چھےٚ یانہٕ منگآنی

پیشالا پھری زلیس مسالا مال

خال خال بیٚبیٕہ چین ستی باج مانی ، شٲلہٕ یدٕمآنی دیدار ہاو

موہ کھہٕ موکھ روٗزتھ وُچھم موکھ چوٗنےٚ

سوٕ کھہٕ موکھ شوٗ یہ دَرشنےٚ ہاو

عاشقٕ دوٗ ہیم عاشق گرآنی ، شٲلہٕ یدٕمآنی دیدار ہاو

لتی چیٚانی دُردانہٕ چشمہٕ خوبآنی

رٕمہٕ رٕمہٕ بمبہٕ چیٚانہٕ چھیم گران داو

تیرِ مژگان چانی نوٗرٕ لیکھ آنی، شٔلہٕ پد مانی دیدار ہاو

ڈیکہ ژون پھولہٕ وون ٹکہ نوٗرانی

گو وشند ناوِ سِتی گرٕنے آے

تتھ منز زٔر چھ چونہٕ جرانی، شٔلہٕ پد مانی دیدار ہاو

یم کُن دارن یمن اسرارن

بے گوش مانہٕ کیاہ تارن تتھ

یم گے بے گوش، نتم گے آنی، شٔلہٕ پد مانی دیدار ہاو

لوٗلکہِ اسرار پیلہ کآشہٕ شنی

تُسے اد کنی سنہٕ ہم سو

تسٔندُے فصلا بتھ سِتی، شٔلہٕ پد مانی دیدار ہاو

یس گوہر دریا تمی سے تنتی ✦

فصلس بتیہٕ کیاہ کرنے تس

تس کتہٕ رٕیہٕ ژھتھ فصلس آنی، شٔلہٕ پد مانی دیدار ہاو

لاوِ لاوِ لونی گرٕ سوانی، ✦✦✦

مُنتتھ رٕنی گرٕ سے منز ✦✦✦

سُے دِیہٕ نوو میس پریم گٔنی، شٔلہٕ پد مانی دیدار ہاو

بوز بھاگیتہ واتی ہر ہر کرٕی

زرگر کرٕی گوہر سند ستی

نم گلی سارِی تہٕ گل پھولی میانی، شٔلہٕ پد مانی دیدار ہاو

## 46 — دِلہٕ مَشٕر کاسنٕم

دِلہٕ مَشٕر کاسنٕم گُلہٕ چی خارٕی
کوہ چھہٕ کیتھ کرٕشنہٕ مُرآرِی چھُم

گوڈنیتھ دورٕم اُمی سُنٛد دیانے
پانہٕ بھگوانٕے سٕتے ٹوٹھیوم
کرٕشنہٕ سُندی نادٕن سآرِی تارٕی، کوہ چھہٕ کیتھ کرٕشنہٕ مُرآرِی چھُم
گُکلہٕ منٛز لوییم گووِنٛد آلسو
ستھو آو تمہٕ دِرے ناوٗ ستی
شوٗن اَمرِیتہٕ زُل کوٗرٕ جارٕی، کوہ چھہٕ کیتھ کرٕشنہٕ مُرآرِی چھُم
گورٕی بیتہٕ سُنٛد چھُم پرٕسادٕے
تمی لوٗز سوٗہم نادٕے میٹھون
ستھوٗس رٗوزٕے اَکھٕ دآرٕی دآرٕی، کوہ چھہٕ کیتھ کرٕشنہٕ مُرآرِی چھُم
ستھوٗن دٗونس اوربھمادٕے
اُمی لوٗزٕی ہمیوستہٕ یادٕے سآنی
پانس ستی اُمی کآتیاہ تارٕی، کوہ چھہٕ کیتھ کرٕشنہٕ مُرآرِی چھُم
سانہٕ بایتھ ترٗوٗن کارٕبارے
منہٕ مَشٕر لولہٕ ستارٕے چھُس
سوٗہم تار چھس تتھ جارٕی جارٕی، کوہ چھہٕ کیتھ کرٕشنہٕ مُرآرِی چھُم
مٕٹھہٕ مرٕٹھہٕ سآرٕن لولہٕ لوٗشہٕ بآرٕی
تمہٕ کنٛی اُمی سُنٛدی بآرٕی چھُم

تمہٕ کنِ تار کھ اُمی سنٛدی سأری، کوٚ چھ کیٚتھ کرٛشنہٕ مرارٕی چھُم
گوٗرۍ کوٗرٕنس زارہٕ پارٕے
ہیٚیہٕ دُبارٕے وارہٕ وٕنتسم
آیا شنٛزی کنہٕ منٛزی بانہٕ آرٕی، کوٚ چھ کیٚتھ کرٛشنہٕ مرارٕی چھُم
لّلہٕ ہنٛدی پأٹھی اَمہٕ ہٕتٕر دِنہٕ ڈالے
اُتھٕنے امر بتہٕ پیالے چھس
تادیا توٗندرٕ کنہٕ بُخأرٕی، کوٚ چھ کیٚتھ کرٛشنہٕ مرارٕی چھُم
شٔرِن وۄنٕنے بینہٕ راجہ ریٚنے
یہ بتہٕ لّلہٕ مٔژ ہنٛز بیٚنے آس
اکھ تاوِ توٗندرٕ ہیٚیہٕ بُخأرٕی، کوٚ چھ کیٚتھ کرٛشنہٕ مرارٕی چھُم
اَمہٕ کنِ مثۆلس گوٚبرٕ سادے
لۆزُس لۆلُک نادٕے تٕمی
رُمہٕ رُمہٕ وُچھنس لولہٕکی بأرٕی، کوٚ چھ کیٚتھ کرٛشنہٕ مرارٕی چھُم
وارہٕ وارہٕ وٕنی لولہٕ افسانٕے
بیٚنی تمہٕ کُے دُکانٕے اکھ
لول موہٕ ناوِن لولہٕ باپأرٕی، کوٚ چھ کیٚتھ کرٛشنہٕ مرارٕی چھُم
اَمہٕ کنِ زوٗرنہٕ نٕے تہٕ گوٚرٕتے چارٕے
لۆلُک بارٕے چھُ گوٚب آسان
خال کانٛشہٕ بارِ چھ لوٗلکی بأرٕی، کوٚ چھ کیٚتھ کرٛشنہٕ مرارٕی چھُم
لولہٕ سیٚتی مثۆلُس سُتگوٚ بردیاتے
نۆن جاناتے یانہٕ ڈیشُٹھ سمہُ
لولہٕ دوٚہ دِ چوٗرٕ م لولہٕ پھیأرٕی پھیأرٕی، کوٚ چھ کیٚتھ کرٛشنہٕ مرارٕی چھُم

لولہ سیتی آسس لولہ اُشی ٹارِی
اُمی لو دِیژ آری چھلنس تَم
سۆ ہم سو رمہ بڑی نس ٹارِی، کو چھ کینہ کرِ شنہ مرآری چھم
گنگایہ گنگا زل کوڑ جارِی ہا
شِو ہۂ شکتی سایس چھم
لولہ سیتی آسس گو ڑانو آری، کو چھ کینہ کرِ شنہ مرآری چھم
گو وشِدہ ناوُک پھل گو جارِی
بھاگیہ وان دیان لونہ چھم
گلدستو سیتی گنڈِ نس بارِی، کو چھ کینہ کرِ شنہ مرآری چھم
لولہ کھل بوژ مے لولکہ بھالے
نکھہ نے زرہ دُشالے چھم
ناران ناوِچ چھس کتارِی، کو چھ کینہ کرِ شنہ مرآری چھم

## 47 — چھم پوشنولِنی جامہ

چھم پوشنولنی جامہ گنڈِتھ
کامہ دیوے میون

| | |
|---|---|
| چھم سازِ مُرلی چنگہ وایان | رنگ وُچھمس شوم |
| چھم نالہ رۆٹمت ہر پیالا | اوم چھا کینہ نوم |
| ہرو چھمس اوم زامرت | پیالہ وُچھمس اوم |
| پیالہ لوِ ہیمس لولہ نارے | اُدِ سیدم موم |
| شیرِ وُچھمس موز ژھایا | اُدِ مکارے نوم |

ژۄرِ وٕچھمس دۄرِ گژایا     ژۄرِ دِل ہیتھ گوم
یۄرِ کٔنہٕ کھوت یۄرِ یۄرِ یے     دۄرِ گاہہ ییلہٕ ہیوم
نالہٕ رۄٹھمے وارٕ وارٕ یے     دامہٕ پیالا چیوم
لیچھ نووُے دَچھ لوٚنیرُ     اَچھِ دارِ یے ہیوم
گَنچھ مَنُٹھ چھا گٔٹہ لُٹھ چھا     وُٹہٕ چھا ڈٕلوم
نٔرَدٕ گُنٛدَہ تَم پرَدٕ ژھایے     دَرَدٕ یا غَش گوم
سَتَش ہیٚچھ لُجمہٕ گژایے     دُخالا اوم
دَرَدٕ لوشَن کَرَد اوٗتُمت     مَرَدَنیے ہیٚز کاٰم

نالہٕ رۄٹنے کٔھجاگیٖہ وانے
لالہٕ نٔشہِ اُتوم



## 48 — دژام تمنا اَنہٕ ہَن سالے

دژام تمنا اَنہٕ ہَن سالے ، اَکھ گوٗپی تہٕ ہیٚیہِ گوٗپالے
سال کرٕ ہاٰ گوڈٕ سَت گوٗرہیے ، ستگوٗرہیے ژٕرا تژٕرہیے
لولہٕ لوشَن کرٕ ہَش مالے ، اَکھ گوٗپی تہٕ ہیٚیہِ گوٗپالے
شژٕوژٕ لیٚوژٕن تَس کٔشیت رٔنی ، اَکھ رادھا ہیٚیہٕ رُکھمنی
کٔھجاگیٖہ وانے کوٗرِ نے سالے ، اَکھ گوٗپی تہٕ ہیٚیہِ گوٗپالے
سال کرٕ ہاٰ زاٰنتی جانانَس نالہٕ رٹہٕ ہیٚن یہ سِتی یاٰلنَے
جانانے تہٕ ہیٚیہِ شام لالے ، اَکھ گوٗپی تہٕ ہیٚیہِ گوٗپالے
کھیٚیرٕ کھفٕشلُٹے برسے پیالے ، ہیٚچھ شیاٰ ما لا مالے
ڈالانَس ہیٚتھ دیہٕ ڈالے ، اَکھ گوٗپی تہٕ ہیٚیہِ گوٗپالے

حَبداد ڑایہ تَس ژھارنے، اَکھ کرٕ شنس تہٕ بییہٕ رکھ منے
وُچھ پھیران جمنایہ نالے، اکھ گوٗپی تہٕ بییہٕ گوٗپالے

رٕشہ بنہٕ چھیوٗ نہ چھیوٗ نہٕ چوٗن گوم کتھیے، سُہ چھُہ پھیران بِندراٛبنیے
گوٗپین سیتی مارن ژھالے، اکھ گوٗپی تہٕ بییہٕ گوٗپالے

وار بوٗزم مُرلی نادے، گیمس شادے لوز سمادے
لولہٕ لایان "بھاگیشہٕ وان" نالے، اکھ گوٗپی تہٕ بییہٕ گوٗپالے

وَر ڈیتھم شوبہ دَرشنُے، دَرشُن امرِتہٕ دَرشُنے
پرٕیمہٕ پیالاہ رٕٹھمے نالے، اکھ گوٗپی تہٕ بییہٕ گوٗپالے

جاے کرمس منٛز باگ منے، تِتہٕ ژھونڈُم سنہ وٕ گنے
چھُم تمناہ انہٕ ہتہٕ سالے، اکھ گوٗپی تہٕ بییہٕ گوٗپالے

## ۴۹- بہٕ مالہٕ پوشن کرٕ ژٕیے

بہٕ مالہٕ پوشن کرٕ ژٕیے کرٕ پنہٕ نے دَستے
ژٕ سیٹھٕ گوٗشن بیٹھہٕ بَسَت گوٗر اُستے اَستے
گڑھنے گوٗشن گوٗش مشیائی گامتھ خستے
چھکہ مار وشن پیالہٕ سیتی چیتہٕ موٗدرمس تے
الراو دوٗرے گوٗر کرے استے آستے
گوٗش گئیہٕ خستے امہٕ سیتی پرٛان گوم لستے
نیترو سیتی وُچھ شرکہٕ مٕشراو استے استے
منٛز دری یاوس ییر کمی یہٕ ژھنی مٕشر چھیس تے
دُم دِتھ کھارُم غمَم کاسُم اُستے اُستے

مَنز دُری یاوَس وُچھ زُرنے اَستے اَستے
پاتے وُچھنس پان گوٗمت سوٗرِ سے خستے
کوٗرن ہوٗ ہوٗ دَم دِیتن ژھانڈن لِستے
سے مَنز نارس وُچھن کُندن اَستے اَستے
سوٗمبرِ تھ دانے سَبٔلہ کرِم پانہٕ نے دَستے
پانہٕ زرگرن گُرٹہٕ لالاہ تَبو وَنستے ہُہ
خال ہنے خال لال ہوٗون اَستے اَستے
کھُری آو کاسان تُشری تہٕ گامتی تَھی مَنز لَستے
دوٗرن کِنے دَرِ نہٕ گوٗمت سوٗرِ سے خستے
شِلہٕ پَدمانے پانہٕ دوٗپن لوٗن کُن وَستے
شوٗ تہٕ سَتھی زُرِ ہے مَنز ساپہٕ آے چھس تے
دِیتنم دیانے پھاگیہ وانے پرٛاران چھس تے
دُیتنم پرٛانے لیس گوٗمت اوسُم خستے
یہٕ مالہٕ پوٗشن کرِ تھئے کرٛ اَستے اَستے



## 50۔ ہَرِ نے دُیتنم ہَرِ کُے پیالے

ہَرِ نے دُیتنم ہَرِ کُے پیالے
گرِ گرِ روٗ ٹمے نالے مَتے
مَستانہٕ سُنٛد جوم مَنہٕ کُے پیالے، وُچھمے مَا صوٗم خیالے مَتے
وَلا دُشالے کِنہٕ چھم پیالے، گرِ گرِ روٗ ٹمے نالے مَتے

تَشکلہ کوٗرنے شپو مُتوالے، وُچھمس مستانہ چالے مئے
مس کھاٗسی وُچھمس مالامالے، گرگرہ روٗٹھمے نالے مئے
گو رہے گرگرہ کرہ آسالے، گرہ منتز وُچھمس چالے مئے
بڑی بڑی ٹھوی مس پریمکی پیالے، گرگرہ روٗ ٹھمے نالے مئے
بالہ بادِ چھیئو رُم بالے بالے، وُچھمے شُری خیالے مئے
بیبہ نا وَلہہش ہیہ دُشالے، گرگرہ روٗٹھمے نالے مئے
کرہ شتن کوٗرنم گوہ ڈتیھ سالے، گرگرہ رٹہ کھا نالے مئے
پیاگر کنہ جمبنا یہ نالے، گرگرہ روٗٹھمے نالے مئے
شوسس تہ نشکھتی ووتھ خیلے، تمہ دے کوٗرہے سالے مئے
سشو ماکھا رہم ہیٹھ پانچلے، گرگرہ روٗٹھمے نالے مئے
گوہ ر میثون روٗدس پانہ دُمبالے، تمہ کتی دیتنے لالے مئے
کُنہ ہے لالس کیاہہ کرہ مالے، گرگرہ روٗٹھمے نالے مئے
کُنئے لالے چھُ خال بے خلے، منہ منتز کوٗرمس سالے مئے
ہوٗ ئیکے لالے سوٗ ہہ ستبالے، گرہ گرہ روٗ ٹھمے نالے مئے
شیرس ڈنوزیا بیر ہنڈ شالے، کھیرس تارمے ژھالے مئے
بیرس وُنی زیا توسہ دُشالے، گرہ گرہ روٗٹھمے نالے مئے
موہ نہ منتز روٗ ٹمس رہ نہ ہنڈ خالے، چھوہ نہ ستی دژہ نم ڈالے مئے
رنہ ستی کرہی مس روٗ جیبے مالے، گرگرہ روٗٹھمے نالے مئے
کپشس دوٗ بیمے کپش ستیالے، نشہ روٗ دُم کلوالے مئے
گوہ رہے ستی چیوم ہرکے پیالے، گرگرہ روٗٹھمے نالے مئے

شِہُوس دۆ سِپے شِشکلہِ والے ، گرٕ گرٕ مَن متوالے سے مٔے
یا لاگ تنہٕ تِہٕ نتہٕ پان زالے ، گرِ گرٕ رِژ ٹُھمے نالے سے مٔے
گوٗوِنٛدٕ ناوٕ کرٕ گُکلہِ دِتی نالے ، گووِنٛد نٲلی نالے سے مٔے
تِھباگیہ وان ہیتھ کھسہٕ سِھٹھ بِنٛچالے ، گرٕ گرٕ رِژ ٹُھمے نالے سے مٔے
رووُمُت لال آو بیٚیہ برٕحالے ، رِژ ٹُھمے نٲلی نالے سے مٔے
نالہٕ رٔٹُھ لالس کاہنہ کاہنہٕ خالے ، گرٕ گرٕ رِژ ٹُھمے نالے سے مٔے
ستہٕ داہنہٕ ہش کرٕ مس حالے ، تمہٕ کِنی نیتھو مس مالے مٔے
دَشہٕ نے وُچھِمس دَشہٕ لوکہ پالے ، گرٕ گرٕ رِژ ٹُھمے نالے مٔے
سرٕ سِہے وُچھِمس زرٕ جی چالے ، ہرٕ چھِوٕ نٲلی نالے سے مٔے
گرٕ مشِنرٕ دیشنم ہرٕ کُنے پیالے ، گرٕ گرٕ رِژ ٹُھمے نالے مٔے
تِھباگیہ وانہٕ ژھونٛڈسے پرٕبھانہٕ کالے ، شکھتی ناتھہٕ رِژ ٹُھمے نالے مٔے

کرٕشن تہٕ کیشو گونگرٕ والے
گرٕ گرٕ رِژ ٹُھمے نالے سے مٔے



## 51 - کَس وَنہٕ وٕیسہٕ سِیے

کَس وَنہٕ وٕلیسہٕ سِیے اُنٛدرٕ شُم دوٗدسے
نَبٕشگالی جودُ گرٕ سِہے آم ؟

آکاشہٕ آو کِنہٕ پاتالہٕ وٕژتھے ، مَنہٕ مَتھرایہٕ سِم تُمی سُنٛد قیام
لولہٕ تھجِمہٕ دو سِینہٕ وارہ اگہٕ درٕووتے ، نَبٕشگالی جودُ گرٕ سِہے آم

اُسیوِنہٖ موکھہِ چھِم خُمارہٕ ہوٚتےٚ ، ظُلمارٕ وُچھِس زُلفَن خام
بہٕ مارٕ کرٕنَس لارس توٚتےٚ ، بنگالی جودوٗ گرٕ ہےٚ آم
لولہٕ میلہٕ نیندرس قلماہہ توٚتےٚ ، تمہٕ سیتی کورٕنس ناموٗ پاغام
آرام نیوٕ نم سوٚتےٚ سوٚتےٚ ، بنگالی جودوٗ گرٕ ہےٚ آم
بالہٕ باوس اوس سالہٕ آمُتےٚ ، نالہٕ مَتہٕ رٔٹہنس دِتنم جام
دِمہٕ سا دام کِنہٕ چھِیہٕ لوٚت لوٚتےٚ ، بنگالی جودوٗ گرٕ ہےٚ آم
دولہٕ وُچھنَن کورٕ دِل میٚون موٚتےٚ ، لولہٕ سیتی پرٕ ژھنم نہٕ کول تےٚ گرٕ ام
بنگالی بولہٕ تمیٚ سےٚ آلوٗ دیُتےٚ ، بنگالی جودوٗ گرٕ ہےٚ آم
رادھا یہٕ سیتی اوس گومت موٚتےٚ ، وادا کورٕ نم مولہٕ کلام
سنگ چھُس دِل تےٚ زنگ چھُس چھوٚتےٚ ، بنگالی جودوٗ گرٕ ہےٚ آم
گٔٹہ کُنٹھِ ژھنم دَرواز ووٚتھےٚ ، پرٕواز تمیٚ سُند وُچھم اَنام
بیس تور ووتےٚ سےٚ بنیوٗ موٚتےٚ ، بنگالی جودوٗ گرٕ ہےٚ آم
عرشہٕ کرسی بیٚٹھ بیس کھوٚتےٚ ، فرشس بیٚٹھ بیس شاہہٕ بہرام
ورشس ستےٚ یی عرشس کھوٚتےٚ ، بنگالی جودوٗ گرٕ ہےٚ آم
پوٗزا پان کِنہٕ پوٗزا بتےٚ ، سٔنی تور کلمےٚ سنےٚ رام رام
مَن وَنہٕ ہٕش کورٕ منصور موٚتےٚ ، بنگالی جودوٗ گرٕ ہےٚ آم
کُل دیدِ ژھوٗرےٚ توٚ ندرا توٚتےٚ ، بھاگیہٕ وانہٕ ژھوٗرےٚ گووِندہٕ نام
مَتہٕ منتر اللہٕ وُن کھوٚنہٕ لوٚت لوٚتےٚ
بنگالی جودوٗ گرٕ ہےٚ آم



# 52 - ہی گوبہٕ ہَر دِم

ہی گوبہٕ ہَر دِم دامہٕ ژٕرے
پَروانہٕ بے ، پَروانہٕ بے

سَرخُم مےٚ کوٚرمےٚ پانہٕ بےٚ ، وَر مۆ نگمےٚ جانانسے
تمہٕ کِنۍ چھِسے مستانہٕ بے ، پَروانہٕ بے ، پَروانہٕ بے
لایےٚ لولکی نادبے ، لوٗزٕے سُتگوبہٕ یادبے
تمہٕ کی وَنۍ افسانہٕ بے ، پَروانہٕ بے ، پَروانہٕ بے
ژٕیےٚ ستی نیرٕے سالہٕ بےٚ ، اَگمَ دپہٕ شس تیلہٕ بےٚ
سالاہہٕ کرٕے شبانہٕ بے ، پَروانہٕ بے ، پَروانہٕ بے
کھیٚنس تہٕ وَسہٕ نس سُل کوٚرُم ، پرٕنس تہٕ سوٕرنس مِیل کوٚرُم
تمہٕ کےٚ یُنۍ دُکانہٕ بے ، پَروانہٕ بے ، پَروانہٕ بے
کہنہٕ نس تہٕ ہیتہٕ بےٚ تُل کوٚرُم ، شیطانہٕ بےٚ اَدُبل کوٚرُم
جانانہٕ بےٚ ہمشانہٕ بے ، پَروانہٕ بے ، پَروانہٕ بے
ہیٚوٚریلہٕ کھٹرٕ بےٚ لوٕن وُچھُم ، منتر ہالہٕ مےٚ کنٛدن وُچھُم
گاٚلِتھ بنۍ دُردانہٕ بے ، پَروانہٕ بے ، پَروانہٕ بے
اَگمُ دپہٕ شکُ سنتر میٚے ، جانانہٕ پانس منتر میٚے
اَتہٕ کُشاہہٕ اَندر بُتخانہٕ بے ، پَروانہٕ بے ، پَروانہٕ بے
گوبہٕ رواکہٕ بےٚ ہوٗ ہوٗ کوٚرُم ، تتھ کَنۍ وُچھتھ دوٚہہٕ دوٚہہٕ لوٚرُم
تمہٕ کِنۍ چھِسے تابانہٕ بے ، پَروانہٕ بے ، پَروانہٕ بے
تابانہٕ بے روانہٕ بے ، بُتابے اَندر بُتخانہٕ بے

میٖز بانہٕ پٮ۪ے میٖٹھانہٕ پٮ۪ے ، پرٕوانہٕ پٮ۪ے ، پرٕوانہٕ پٮ۪ے
چھےٚ پوٗرٕ لوٗرُک روٗے مٮ۪ے ، چھےٚ سوٗرٕ پرُنک خوٗے مٮ۪ے
سوٗ گلہٕ ڈلتھ ہیچانہٕ پٮ۪ے ، پرٕوانہٕ پٮ۪ے ، پرٕوانہٕ پٮ۪ے
چھےٚ شیٖرٕ سے ہیٚٹھ مور مٮ۪ے ، چھےٚ مورٕ کھوٗرُن تور مٮ۪ے
جانانہٕ سے چھُمکانہٕ پٮ۪ے ، پرٕوانہٕ پٮ۪ے ، پرٕوانہٕ پٮ۪ے
وُزٕ ملہٕ بُنتھ آکاشٕ سے ، تٕمبرٕ مَل تُنتھ پرٕکاشٕ سے
تٕس گاشٕ سے پرٕوانہٕ پٮ۪ے ، پرٕوانہٕ پٮ۪ے ، پرٕوانہٕ پٮ۪ے
گووِنٛدٕ ناوُک لول مٮ۪ے ، گووِنٛد کوٗسے مول مٮ۪ے

تمہٕ کنٛزِ چھےٚ بھاگیہٕ وآن پٮ۪ے
پرٕوانہٕ پٮ۪ے ، پرٕوانہٕ پٮ۪ے



# 53 — روٗدُم مٮ۪ے دوٗرٕ دوٗرے

روٗدُم مٮ۪ے دوٗرٕ دوٗرے
مَن ہیٚتھ ژٕولُم مٮ۪ے ژوٗرے

تٕس پتھ ہیٚژم مٮ۪ے خآری ، سُہ یارٕ کرٕ نا یآری
ژٕنٛدنس کرٕیم مٮ۪ے ٹوٗرے ، مَن ہیٚتھ ژٕولُم مٮ۪ے ژوٗرے
ہاسٕس یہٕ ہینہٕ مٮ۪نے ، سُہ لالہٕ ہیٚیہٕ ناوٕنے
کھیٚل نا ژٕلس دوٗدٕ لے ، مَن ہیٚتھ ژٕولُم مٮ۪ے ژوٗرے
رٹہٕ نا مٮ۪ے سیٚتی پانس ، یتھ رٕزٕ چھےٚ ہیچانس

گاشِس ییلہٕ گاشَس نیرِے ، مَن ہیتھ ژٕوٚلُم مےٚ ژٕوٚرِے

کھوٗنا مےٚ سیتی سیتی ، لَس ییتھ مےتہٕ یہٕ کیمہٕ تی

یُیتھ موٗرِ یٔینہٕ تیپرِے ، مَن ہیتھ ژٕوٚلُم مےٚ ژٕوٚرِے

شُبانہٕ ییمہٕ نالیوٗرِے ، چھُہ نیشہٕ چھُپہٕ سہٕ دوٗرِے

پالنَس چھُہ پانےٚ ژٕوٚرِے ، مَن ہیتھ ژٕوٚلُم مےٚ ژٕوٚرِے

راتَس روٚژُم نالےٚ ، پھیوٚ حیہٕ یانی سَنگرمالےٚ

صُبہٕ پھوٚل پٔژ کاشِس لوٚرِے ، مَن ہیتھ ژٕوٚلُم مےٚ ژٕوٚرِے

لولَن کٔرِی نَم آلی [illegible] ۔ مےٚ لولہٕ جامے فنا آلی

لوٗکھ سَمِن چھُہ موٗرِے ، مَن ہیتھ ژٕوٚلُم مےٚ ژٕوٚرِے

گوٚرنےٚ کرُم مےٚ پیاری ، یادَن لگَس یہٕ پیاری

دَرِیَس یہٕ سہٕ کوٚو ییرِے ، مَن ہیتھ ژٕوٚلُم مےٚ ژٕوٚرِے

وارِ چھُہ اَندرَ نارَس ، کُندَن پٔژیا کھارَس

ژٕنڈُن ییٚنیا ویرِے ، مَن ہیتھ ژٕوٚلُم مےٚ ژٕوٚرِے

کینٔژَن چھُہ لکھتی باوِرے ، کیٚنژٕو چھیوٚ دُری یاوِرے

کینژٕو سوٚنگے گرِژرے ، مَن ہیتھ ژٕوٚلُم مےٚ ژٕوٚرِے

شیوٚن چاوِس ییٚنگے ، سَت سُمرنہٕ کے رنگے

ریشِہ کوٚرِ گیشُد ناہہٕ شوٗرِے ، مَن ہیتھ ژٕوٚلُم مےٚ ژٕوٚرِے

لول یَرِ گووہیشد ناوَس ، لُوٹھان لکھتی باوَس

ہیوٚت بھاگیہ دانوٚ موٗرِے
مَن ہیتھ ژٕوٚلُم مےٚ ژٕوٚرِے

# 54 — دوان چھُس کُن

دِ وان چھُس کُن گژھم ناچھونی
گلان چھُس یار ڈیشن ووہنی

وُڈان گژھہ عالمے یالا ،     نہ چھُے دیپدن نہ خیالا
نہ چھُے یاکھیے نہ آسی پوہنی ،     گلان چھُس یار ڈیشن ووہنی
وُچھان گژھہ پیالہ چی مستی ،     چیوان گژھہ تژادہم ہستی
موہنن اَندر کرُس اَدِ موہنی ،     گلان چھُس یار ڈیشن ووہنی
وُچھان گژھہ روشنی پیاہ لیچ ،     مہ کرُ تیزی ژہ دمبا ہیچ
وَوَن فلہِ فلہ کرن اَدِ گوہنی ،     گلان چھُس یار ڈیشن ووہنی
ہَبَن لوِلُس سَنگ فارُس ،     نہ مُشتر ہالے نہ مشتر نارُس
نہ چھُے فارَس نہ چھُے اَدِ کُنی ،     گلان چھُس یار ڈیشن ووہنی
اَندر چھُے لول مَتوالن ،     نہ چھی تژاون نہ چھُے ژالن
نہ چھُے تَم لوُرہ نہ چھُے تَم چھوہنی ،     گلان چھُس یار ڈیشن ووہنی
وُچھِن گژھہ لولہ دیدن مُشتر ،     کرن چھُے مُول کھیچنک سَتر
کژھِتھ مؤلے دِوان چھُے ڈُنی ،     گلان چھُس یار ڈیشن ووہنی
ہَبَن چھُے لولہ سے مدہم ،     ہَبَن چھُے لولہ سے سوہم
ٹُہنتھ جامہ ہَبَن تتھی تتی ،     گلان چھُس یار ڈیشن ووہنی
گرُس لولس دوگن شالے ،     دِلُس یالنس رہڈُ نالے
دِیی ڈالے کری چھوہنی چھوہنی ،     گلان چھُس یار ڈیشن ووہنی

یہ لوٗلیچ ڈالی گرٛنٛتھہِ ہینی ، گرٛتھی مَن پرٛان ژھیتھ کُنی
یہ لوٗزٕ ہنٛدٕ پیالہٕ سیتی گرٛتھ چینٛو ، گلان چھس یار ڈیشن وونی
وُچھان گرٛتھ لولہٕ چے چالے ، عجیب ڈالنیا رَتُن نالے
نہ گرٛتھ تراوِنی نہ گرٛتھہِ ادٕ چینی ، گلان چھس یار ڈیشن وونی
نہ بے ابٕ دِرے نہ نالو دِرے ، نہ چھم سودا نہ چھم سود درے
نہ چھم دستے نہ ونہٕ سنم رِوٕنی ، گلان چھس یار ڈیشن وونی
کُرِتھ پارادٕ چھس پانس ، نہ دورِ لس نہ ٹھکانس
نہ چھس بیرِتھ نہ چھس نیتھ نُنی ، گلان چھس یار ڈیشن وونی
دِیتم کُن اولہٕ کِن نالن ، تِ وے لیُچ گژاے مس پیالن
نہ میے لسٕ کانہٕ نہ چھس کنہٕ زٕنی ، گلان چھس یار ڈیشن وونی
میے ژھونڈُم کُسلہٕ نالن منز ، چھِہ گوونٛدٕ مست خیالن منز
سہ ٹلرٕ وآنی چھیے کومل تھنی ، گلان چھس یار ڈیشن وونی
میے لوٕلُم کُسلہٕ گوونٛد گوٗ ، بہ بیٛنہٕ شکھتی ژٕ بن شمبھو
وِیشنہٕ مایا میے ہاوُم نُنی ، گلان چھس یار ڈیشن وونی
دِدان بھاگیہ وان چھیے لوس دام ، تِمے اگمُ تِمے انام
یہ لوٗلیچ وُنی سبھا ہے چھیے سُنی
گلان چھس یار ڈیشن وونی



اِس گھٹ اندر باغ بغیچے، اِس میں سرجن ہارا
اِس گھٹ اندر ہیرا موتی، اِس میں پرکھن ہارا

# 55 — یٕتھ کوٗرٕ منٛز پانٕے نوٗش

یٕتھ کوٗرٕ منٛز پانٕے نوٗش، چھیتھ آم لوٗکُس ہوش

پیالا ہیتھ آم سُے ؟ ؟    دوٚپنم یہ چکھنا ژرٕے
گوڑٕ گوڑٕ گوٚنڈنم جوش    چھیتھ آم لوکٕ ہوش

سُے دامہ چیوٚمُس منٛز    دُچھ لولہ نارُس زٕییہ
ہیتھ آم جِگر گوش    چھیتھ آم لوٗکٕ ہوش

شابٕہ پیالا چیوٚم،    تا بانٕہ وُچھ نُنشد لون
جانانٕہ منٛ سآعر روش،    چھیتھ آم لوٗکٕ ہوش

زرٕ زرٕ زرٕ چھس بے،    پھوٚجہ دردٕ باغس ہی
مےٚییٚ کٔرِن وُچھتھ نوش    چھیتھ آم لوٗکٕ ہوش

گلہ دِتِی منٛز ذِکرِ دم،    شُلہ پھوٚلی منٛز گُل بادم
آدٕنہ رُودِی موش،    چھیتھ آم لوٗکٕ ہوش

وُچھ ژٕوٗرٕ زاگن چھم،    زُن کٔرٕ پیرِنے منٛز کرٕم
مستانٕہ سُند چھم بوش،    چھیتھ آم لوٗکٕ ہوش

وَن ژٕوٗرِ کمِس نیوٚم،    اللہ ستے اوم ؟ ؟
کٔتھ ہیٚچھ منٛز چھم ناخوش،    چھیتھ آم لوٗکٕ ہوش

حُبہ کٕرِ حُبابے    رُبابہ تہٕ رُبابے
والیُٔ تہٕ دارُم گوش    چھیتھ آم لوٗکٕ ہوش

سِرِ سِس منٛز دِژٕم ژھال    تٔھی ہیچھ منٛز ترٕوٗم زال
بیے یا تہٕ لال فروش،    چھیتھ آم لوٗکٕ ہوش

سرِ بیس مےٚ دِرٕم ڈآلی  جانانہٕ سے جھس نالی
لُتہٕ سے اَتھہٕ چھے پوش  چیپتھ آم لونک ہوش
بھاگیہ وان بائی کار  یتھہ نالہ روٹنے یار
یتھہ مور اَندر پوش  چیپتھ آم لونک ہوش



## 56- آلو دیتم مےٚ شیامن

آلو دیتُم مےٚ شیامن، نالے روٹُم مےٚ ویسیہ

تنہٕ ادس دورِ دورے  دزِ مشرِ لادِ مورے
وزوِ رتھ ہے آیہ بامن  نالے روٹُم مےٚ ویسیہ
دوہہ یاتنہٕ راوِ رآوِن  پردبن سیتی چھپآدِن
کھوژُم نہٕ لوکہ پامن  نالے روٹُم مےٚ ویسیہ
روٗ چھمُت ہے یَپھ نوُم  ژندرنہٕ سیتی نوُم
صبحن تہ بیٚہ شامن  نالے روٹُم مےٚ ویسیہ
مولمس ہے ٹوٹ ژندن  ہیتہٕ تمس پان وندن
کوٗر یپی سودامن  نالے روٹُم مےٚ ویسیہ
گنٹر رس لالہٕ مالے  روٹمے تآلی نالے
آہم مےٚ مَنہٕ کامن  نالے روٹُم مےٚ ویسیہ
ھنہٕ ہتہٕ پرکھنے  لاجِس تن تنے
مشرِ رسم تنہٕ جامن  نالے روٹُم مےٚ ویسیہ

رٔنگہٕ رٔنگہٕ رٔنگ چھاوِم　　رٔنگس مِلہٕ ناوِم
مَنگ کرٕ چانٛدِ ترٛامَن　　نالے رٔوٗٹُھم مَے وٕنیسی یے
پاپرٕدی ژھور کُنٛدَن　　کوٚرنِس وارٕ بَنٛدَن
روزٕرے بہٕ نٔنہِ خامَن　　نالے رٔوٗٹُھم مَے وٕنیسی یے
نیٚتھن چھُم سیٖتی پانَس　　اَنٛدر دُر دانَس
مُجنوٗن لآلہِ بامَن　　نالے رٔوٗٹُھم مَے وٕنیسی یے
دوٗ رسہِ لوٗیت یوٗرُن　　کیٖنٛژھ ترٛاھا مَے آنٛچ ہوٗرُن
ہیُتھ سیٖتایہِ رآمَن　　نالے رٔوٗٹُھم مَے وٕنیسی یے
تمہِ کِنٛز آن مآئِن　　اَدٕ بھاگیہٕ وان زآنِن
رٔتہِ کوٗنہٕ میثوٗنے دامَن　　نالے رٔوٗٹُھم مَے وٕنیسی یے
پیٖیَس دآراگے　　کرِ کوٗنہٕ دیپشہٕ تیٛاگے
نٔرِ ینَ دوٗر سامَن
نالے رٔوٗٹُھم مَے وٕنیسی یے

## 57— نالے رُٹِس بہٕ یارَن

نالے رُٹِس بہٕ یارَن　　دُیتنَم مَے پیٛالہٕ وٕنیسی یے
زآجِس بہٕ لولہِ نارَن　　کمہِ تانی خَیالہٕ وٕنیسی یے

دَم ہیتھ دَما مَے ڈِیوٗ ٹھُم　　لولہکہِ دُمیلہٕ بیثو سٹھُم
زَن چھُم شِرالہٕ وٕنیسی یے

پڑانوٗ کرٕس بہٕ گنج گاہہ    دِیانکھ وُچھم شہنشاہ
گیٚیانکھ مصالہٕ وٕنیٚ ییے

وَنہٕ ہا تمٕنیک بہٕ ناوِ    کاوٕن چھُ ٹاو ٹاوِ
بٕنہٕ نمٕ بیالہٕ وٕنیٚ ییے

چھُہ کاوٕ ٹاوٕسس شورِ    تُتہٕ چھُہ پہٕ موٗرن کھورِ
بٕنہٕ لیسٕ گوالہٕ وٕنیٚ ییے

ڈُنی ڈُنی وٕنٕ نٕسہٕ بھیری    سٹیرِ اَندٕر شیری
ترٛاوِتھ دُخالہٕ وٕنیٚ ییے

آنا وُچھم مے فآنی    کرٕکیٚا کآرِستآنی
یکہٕ کرِ یقبالہٕ وٕنیٚ ییے

پچھِ پتھ بھیرٕن کاوِ    تھہٕ تِہٕند چھُ سے سوٗ یاوِ
سوٗ ہم سوالہٕ وٕنیٚ ییے

زرٕ زرٕ زر گوم ہالے    نمہٕ کیٚاہہ آغس ڈالے
گوٗیالہٕ شوالہٕ وٕنیٚ ییے

کپشٕ کرٕہی مٕسس شانے    وُچھمٕس پریشانے
ترٛاوِن مے زال وٕنیٚ ییے

ابدٕن کٕنٕ گٔیمٕس مے گردن    سوٕن ما وُچھم گنٛڈِتھ سوٕن
اوٗ سٕمٕس زوال وٕنیٚ ییے

کرٕ ڈُٹھ بیمٕ مے یا پٕر دودِ    کوٗرنے بٕنگالی جودِ
یتھ بیہہ ڈُسہٕ حالہٕ وٕنیٚ ییے

زرٕ زرٕ سے وُچھہِ کھیلے    لیسٕ آسہٕ زرٕ گے ڈھیلے

کرِ کیٖاہہ جدالہٕ وٕنیسی ییے

رۄدی بھاگیہ وان خاموشی زرہ زرہ زرہکے پوشی

ہرِ سے چھےٚ نالہٕ وٕنیسی ییے

★۔ کام کرو اور ایسا کرو جس سے اوروں کی بھلائی ہو۔ پانی کیطرح من کے میل کو دھو دیا کرو۔ ہوا کیطرح پریم کیساتھ اوروں کو گلے لگانا سیکھو۔ آکاش کیطرح وشال چیت ہو کر سبکو اپنے ہردے کے اندر جگہ دو۔ پرتھوی کی طرح بری سے بری وستو کو اچھے سے اچھا روپ دینا سیکھو۔ آگ کیطرح گندگی کو جلا کر سب کو پوتر کرنا سیکھو

٥

## 58- دشراونے دردانہٕ میانے

دشراونے دردانہٕ میانے زار وَنا ییو

کم خشہٕ کرِہی تھم ترتھم نس دِودار زوتھ ترے

ہیٚچھناوہٕتھ انزانہٕ میانے زار وَنا ییو

کمہٕ شرُدتہٕ رتانے کھوترِ سہہ گوترِ کورتھ میوٗتھ

منشر خشمہٕ سےٚ کھوترانہٕ میانے زار وَنا ییو

چھِے گُل کمل پادِ نے تل فرشتہ مُحمل میٚون
مَشر عرشہ سے رِضوانہ میانے زار و نالیو

تو پادِ نے تل بوٚن مسے ترٛاوِم چھس نہ شُکتری
ماشیرِ سے بھگوانہ میانے زار و نالیو

ڈیہہ کلہ لاگی راوِ نن پوزایہ شنکر سے
کٹھی مس چھ بان تابانہ میانے زار و نالیو

خشِد اکہ کُرتھس بنِدہ بندِ نے سندِ مسے کرِنی چھم
چھاو بھوشنہ سے بہانہ میانے زار و نالیو

ننی پاکھٕ و نتم سُنتہ وہ گچھ ونی مسے کیاہ چھم دِتی
چھاپت بنِ میتھانہ میانے زار و نالیو

کُرزان لوٗیچ لولہ کی ساماہ پارِ نی چھی
نتہ دولہ ڈُچھیتس مان میانے زار و نالیو

دُرٛٹھ لولہ کے داماہ نتہ ساماہ جنگی چھم
سیتی جالنس ما جاناہ میانے زار و نالیو

ساماہ بیرِتھ نیر جنگس سیتی شنگس بو
دیہ کیاہ تمن کیتاہ میانے زار و نالیو

وُنمت چھِے جاناہ میانے جاں بیگم ہے
شاہہ ترٛاوِ ہی بچھے شاہانہ میانے زار و نالیو

بے لل آمژ تھل کرتھ رچھمن تہ رادھا بے
بے لکھمی ناراینہ میانے زار و نالیو

کمَ زٔیادٕ دوٕڑنمےٚ تھمَ منٹے ترٛووُم ہمَ ترٛ پایٔس منٹے
ننتہٕ ستٔیرٕ سُتٔندَ داہانہٕ میٚانےٚ زارٕ وناۂ لیو

سمَ زٕہتھ ہمَ چھُمَ چاۂری تتھےٚ ترٛلوٗ کیٚسے یُتٔند شتمَ
نمَ کوٗتَ رٔٹسسَ اُسمانہٕ میٚانےٚ زارٕ وٕ ناۂ لیو

بےٚ شتنکرس ترٛندٕرمہٕ تارا تُوٕ منٹے تارا ناو
بےٚ بھوٚ بھوا بیانہٕ میٚانےٚ زارٕ وٕ ناۂ لیو

یانہٕ لولہٕ ہیٚچھہٕ مےٚ لولہٕ چانےٚ بہروٗ پی میٚثرٕ نُےٚ ناو
رٔکھ ماہوٗرےٚ منٔدیانہٕ میٚانےٚ زارٕ وناۂ لیو



نرنتر اَشانت اور وِیاکُل رہنا ایک پرکار کی آتم ہتیا ہے۔
مَن کو سنکلپ وِکلپوں سے رہت رکھنے کا پریتن کرنا چاہیئے۔
اور سدبھاوناییں رکھتے ہوئے مَن کو کبھی بھی شونیہ نہیں چھوڑا
جائے۔ کیونکہ پرکرتی میں کہیں بھی شونیتا نہیں ہے۔ اسکے
لئے آوشیک ہے کہ اپنے اندر اچھے اور پوتر بھاؤ
بھر لے جس سے وہ اشدھ اور برے وچاروں
سے سُرکھشت رہے۔

# 59 — مےٚ لاَلہِ پرُمے عمہٕ سپار

مےٚ لاَلہِ پرُمے عمہٕ سپار  مجنوٗنہٕ زار وٕ نالیو

دوٚہ شوٚرے پوٚر مُت چھ فرقان  دوٚہ شوٚرے آسی قُران خوان
ژوٗز پرِ بہٕ سرکار،  مجنوٗنہٕ زار وٕ نالیو

گوٚرن ہاوِیہِ دوٚہ شوٚرے چیٚنز  دوٚہ شوٚرے آسی رُتے بیٚنز
حکم میثون چھُے نار و نار،  مجنوٗنہٕ زار وٕ نالیو

ژٕ چھکھ عقلہِ ہنٛدٕ رے شمع  حکم میثون چھُے لوٗکٕ بم
دیدوٚ چھ ییٚکھنہٕ دیدٕ اخبار،  مجنوٗنہٕ زار وٕ نالیو

ژٕ چھکھ عقلہِ ہنٛدٕ رے دیپ  حکم میثون چھُے شکلہِ روٗپ
چراغالنس بنٕ سوار،  مجنوٗنہٕ زار وٕ نالیو

بنٕ سوار دِ اخبار  عقلہِ ہنٛد چھکھ واقف کار
گوڑٕ گرژھہِ ہورُن مالہِ سرکار،  مجنوٗنہٕ زار وٕ نالیو

ژٕ چھکھ عقلہِ ہنٛدٕ رے گُل  بہٕ چھُس لنجہِ لوٗکٕ گُل
یِتھے روزٕ رے کتھ شمار،  مجنوٗنہٕ زار وٕ نالیو

ژٕ چھکھ عقلہِ ہنٛدٕ رے نوک  تمی اوٚسُم چوٗتے شوق
لوٗکٕ واوا داوادار،  مجنوٗنہٕ زار وٕ نالیو

ژٕ نے چھُے عقلہِ ہنٛدٕ رے لوٗش  مےٚ تیتھ کوٚر مُت فراموش
سرا آستھ ژٕ سیوا کار،  مجنوٗنہٕ زار وٕ نالیو

عقلہِ نِشہِ چھُے نہٕ لوٗس جاے  عقل ہھوٚرے لوٗنٕ داے
تالے رٕنٛٹ تالے وار،  مجنوٗنہٕ زار وٕ نالیو

عقلہِ سیتی چھےٚ اُشکار     تمی لولن دِیتُتھ نار ہو

دستہِ پاک کرِتھ دسبردار     مجنونہ زار ونایو

بیقل سوداس منزٕ باد     کرٕشتس کیشن دلبہ آد

سوٚ شیلا بے خوش گفتار     مجنونہ زار ونایو

بیقل رٕکھمن دوٚہہ اکہ رٕوٹھ     پارٕ زالتس تلہ کنہ بیٹھ

بندن گوس ژندن دار     مجنونہ زار ونایو

رادھایہِ دوٚپس شہلس بیہہ     کرٕشتنٕ ناو زالتہ پہہ ہیۓ

یرٕدبن سیتی ہےٚ چھس دلوہار     مجنونہ زار ونایو

رکھمن روٚزٕ ےٚ انتر دھیان     کیشر ھاوسے تس آسمان ہو

ہیتھ سمسارس دِمس نار،     مجنونہ زار ونایو

کرٕشتنٕ دوچھی سوہ ہنزٕ چال،     پیالا اوسُس مالامال

رادھایہ دوٚپن ماتتھ پرار،     مجنونہ زار ونایو

پیٚیلہِ منٛزٕ ییی پینن جوش     پانہٕ وائنی کرِو نوش

ترِتھ گرٕ ہوا پر سپار،     مجنونہ زار ونایو

چاوُن اوسُس بنن لوٚٹھ،     تس کیٚژ گوٚرُکن ژندن کوٹھ

دوٚہہ اکہِ ترادیم مُشکنی دار،     مجنونہ زار ونایو

چھےٚ کھباگیہ واتےٚ سےٚ باپار،     بیتھ منٛزٕ نار کھٹیتھ روٚد

نتھ کیاہ کرِنے سمارٕ دار،     مجنونہ زار ونایو



# 60— ووٕلو تھَنہٕ ژۄرسے کرٕسے

ووٕلو تھَنہٕ ژۄرسے ، کرٕسے گۄڑٕ گۄڑسے
کۄرو تھَنہٕ باتن ، کۄرٕتھ چھۄرٕ چھۄرسے

ژٕ سے ترٲوِتھ رادھا سے مےٚ گۄوادٕ آدا
ژٕ سے بنٕسی مےٚ سۄرسے ، کرسے گۄڑٕ گۄڑسے

ژٕ لۄٹھیو کھ پرتے ، اَندر گۄڑی گرنے
یہٕ سیٹھ کۄہہ طۄرسے ، کرسے گۄڑٕ گۄڑسے

رٕٹِتھ پرد یسے ، مےٚ رٕٹی مے کیشتے
مُشرِتھ حۄرسے ، کرسے گۄڑٕ گۄڑسے

مےٚ لۄگُک بلے ، شہ ہا وُزٕ ملے
یہانا یرٕ رسے ، کرسے گۄڑٕ گۄڑسے

رٕٹِتھ پرٕکھیمتے ، ژٕ سے راتژٕ دینے
اَنٛدٕر مخمۄرسے ، کرسے گۄڑٕ گۄڑسے

مےٚ چھُم وآرا گے ، کرٕو دِلشہٕ تیاگے
منٛدُن چھُم کھیرسے ، کرسے گۄڑٕ گۄڑسے

چھُہ ٹھاکُرِس ٹۄٹھے ، ژٕندن کۄٹھے
دِچھنتہٕ منصۄرسے ، کرسے گۄڑٕ گۄڑسے

چھُہ یارس یارسے ، دَمن شُمارسے
ہمن ظہۄرسے ، کرسے گۄڑٕ گۄڑسے

مۃ آکھ بالہٖ باوُس ، اَندرواوُس
بُنتھ سَنتظوٗرے ، کَرٕے گوٗر گوٗرے

کُرِم لَلہٖ زٕھلے ، چھلےٚ سور مَلے
اَشرٕ توٗ نلاوٗرے ، کَرٕے گوٗرٕ گوٗرے

دِ یھوٗ آہارے ، بیٛوتکُ نارے
مۃ پوٗرن پوٗرے ، کَرٕے گوٗرٕ گوٗرے

کھسِتھ ہیُوٗر ہیوٗرے ، ہوٗرُم سور موٗرے
شَبانکہٖ زٕوٗرے ، کَرٕے گوٗرٕ گوٗرے

وُچھُم اَردھ راتَن ، زٕ لشہٖ مُہاتَن
بُنِتھ کوٗنوٗرے ، کَرٕے گوٗرٕ گوٗرے

گُیایِس اَندی ، اَما سوٗ گنٛڈری
بُنتھ بَلہٖ وِیرٕ ے ، کَرٕے گوٗرٕ گوٗرے

یِمےٚ بُتٕرمہِ پیارے ، نِمتھ اَٹہٖ یارے
کوٗرُم قاش سیٖرٕے ، کَرٕے گوٗرٕ گوٗرے

سوٗ نے ہنٛدہٖ خارٕ ے ، امۃ یوٗن دوبارٕ ے
نَقل چھےٚ کتوٗرے ، کَرٕے گوٗرٕ گوٗرے

گُلِتھ تاپہٖ ستی ، ڈلِتھ شاپہٖ ستی
کھوٗم پوٗرٕ پوٗرے ، کَرٕے گوٗرٕ گوٗرے

رٕنٛدَن ہنٛزٕ جایی ، قُلابُس کَلایی

گُنڈو دُوُر دُوُرے ، کرُے گوُر گوُرے

ژےّ زُٹی تھم بہانئے ، دِمئے سوُد سانئے
کسُر کیاہہ قوّصوُرے ، کرُے گوُر گوُرے

مےّ وُوسمتُ نوّنے ، بہ دارُک پوّنے
ظہر کیاہہ ظہوُرے ، کرُے گوُر گوُرے

مےّ آتش شکھتہ پاتے گوّرُو شکھتہ ناپھے
وُرپے منظوُرے ، کرُے گوُر گوُرے

وُنن کھاگیہ وانپے ، گوہ رے غارزانے
تھوے پوُر نوُرے ، کرُے گوُر گوُرے



اِس گھٹ اندر باغ بغیچے
اِس میں سرجن ہارا
اِس گھٹ اندر سات سمندر
اِس میں نول کھارا
اِس گھٹ اندر ہیرا موتی
اِس میں پرکھنہارا
اِس گھٹ اندر انہد باجے
اس میں اٹھت پھوارا
کہت کبیر سنو بھئی سادھو
اِسی میں گورو ہمارا

# 61 — کُنی کتھ میانٛی کر منظوٗر

کُنی کتھ میانٛی کر منظوٗر
وَنان چھِے باغ اِرٕم حوٗر

وُچھِم ویدن پُرانن منتر
وُچھِم آیتن قرآنن منتر

وُچھِم منتر سوٗہم سہے پوٗر
وَنان چھِے باغ اِرٕم حوٗر.

ڈٕلن چھِم دوٚن اَچھن سوٚرمے
چھلن چھِس چانہٕ شبنمے

گلن چھِس یارٕ موہیم دوٗر
وَنان چھِے باغ اِرٕم حوٗر

ہیٚژرم یارٕس پیٚتھے خارٕی
تمی آیم مےٚ اَنوآری

سیٚتھے سارٕے گیٚیس منظوٗر
وَنان چھِے باغ اِرٕم حوٗر

یہ کوٚر تمی گوہرٕ سُندی واکن
نہ کھوٚرٕس قاتلن شراکن

نہٕ روٚزٕس لولہٕ تیرن دوٗر
وَنان چھِے باغ اِرٕم حوٗر

مےٚ لٛتہٕ موٚ گرٛتھ کھیٚنٛس تٕرٛھاے
مےٚ سیتی روز نیتھہٕ ژٕ رادھاے

مُنک منترٕ ل او مک گوٗر گوٗر
وَنان چھِے باغ اِرٕم حوٗر

مےٚ موٚنگمے گوہرٕ سُندے دیانے
توٚتے بیٚہتھ دِم مےٚ پرواںے

تمے پوٗرن کرتی چھیم پوٗر،
وَنان چھِے باغ اِرٕم حوٗر

گوہرٕس سیتن گُرم کیٚہوٗل
وٚرے دِتھ یی مےٚ موٚنگمے پھل

گُسکلہٕ ہنز لولہٕ منتر کو ستوٗر
وَنان چھِے باغ اِرٕم حوٗر

گرُن تژیلو کیٚپہ پٕژ کرم
گرتھیم آتشن گُلس شبنم

گُلس سیتی زُلن چھِے موٗر
وَنان چھِے باغ اِرٕم حوٗر

زِندس گیٚٹھرُن مےٚ چاناے
مُرتھ دِم شوٗہنرواںے

دِتن واین شُتک سنطوٗر
وَنان چھِے باغ اِرٕم حوٗر

سمۍ موٚنگمے اوَل پٔرِ ہاتَن گرٕ ھِیم ستگورٕ رٔیٚنٛژ کھین کھین

کرن بھاگیہٕ وان ژٕے اُتھی مُکھوٗر

وَنان چھے باغ اِرچ حوٗر



## 62 — موٚنہٕ منٛز کرٕے گوٗرٕ گوٗر

موٚنہٕ منٛز کرٕے گوٗرٕ گوٗر

تھَنہٕ ژٕوٗرٕ نوٗرٕ کِہ نوٗرٕ

لِسترِ آیہٕ حٔدایہ

بانَن ژٕے کوٗرٕ تھک چوٗرٕ

گیندن ستی رادھایے

ژھارن ژٕے اَکرُوٗرٕ

گنٛسس ہا وِتھ زور

ٹینٛبر زٕلَن لیوٗرٕ ہا

گوٗرٕ وَر زانُن زیوٗٹھ

پُتھ لولہٕ داوِس گوٗرٕ

وَر موٚنگ سہٕ وامَن

پژارن سو رٔچھہٕ چوٗرٕ

لۆ تلہٕ ؤر تا وِتھ چھیم

ساھٹس کُر گوٗرٕ گوٗرٕ

تھَنہٕ ژٕوٗرٕ داما چاو

تھَنہٕ ژٕوٗرٕ داما چاو

ژھاران ژٕے گوٗرِ بایہ

دوٗدٕ ژٕوٗرٕ داما چاو

وۄنہٕ کُٹھ ژھِنتھ چھمنایے

بہہ سو دوٗرٕ داما چاو

بُتراژ وُلتھ بوم

بوٗمبوٗرٕ داما چاو

اُمریتہٕ کھوتہٕ چھُ مِیوٗٹھ

کنہٕ ژٕوٗرٕ داما چاو

سوٗے چھُم منٛہٕ کامَن

پٔرلوٗرٕ داما چاو

پیٚتہٕ للہٕ کوٗر اوم اوم

متصوٗرٕ داما چاو

کٔکِلہٕ نالَن مَنٛز ہا — گووِہٕ ناوُک سَنٛز
ژوٗن ویدَن مَنٛز لوٗر — مَتٕلوٗرِ داما چاو
سۄ بھاگیہٕ وانے ڈیوٗ ٹھ — مۄلِس کوٗرنے لوٗٹھ

مَنٛزلِس چھہٕ اُلران حوٗرِ
مَخمورِ داماچاو



## 63 — چھَم مُرآری مَنٛز مَنے

چھَم مُرآری مَنٛز مَنے — ہیوٗت مے کھو نے لَلہٕ وُن

لوٗرِ کیتہٕ کھوٗت لوٗرِ لوٗرے — گوٗرِ گوٗرے کَرِ ناس
حوٗرِ دژاییِس وَنہٕ ونے، ہیوٗت مے کھو نے لَلہٕ وُن

زَرو چھمِس ہَنہٕ ہَنے — سَرو تَدِس یادِ نے
وَریہٕ دُیتنَم تِی مے بنے، ہیوٗت مے کھو نے لَلہٕ وُن

یہٕ ژرِ تے دوٗرِ نے سودامن، — تی مے کامن مَنہٕ چھم
ڈالی جائی کالی نَنے، ہیوٗت مے کھو نے لَلہٕ وُن

تَنہٕ ژھوٗنڈُم دوٗرِ دوٗرے، — اَز مے بامُن موٗرِ آم
سیٖتھہٕ آمُت رِکھمنے، ہیوٗت مے کھو نے لَلہٕ وُن

مَس دُیتنَم مستانَن، — جانانَن پانہٕ مے
ہَرُو چھمے ہَرِ کُنے، ہیوٗت مے کھو نے لَلہٕ وُن

ییتہ رٗوزِتھ کیاہ چھ لارُن، گرٛتھہِ کھیارُن دوہ دِتہ پوٚنی
مٔنز روٗزِتھ اَنٛدٕ کٔنے، ہیوٚت مےٚ کھوتے لَلہٕ وُن

دوٗر ترٛاوِتھ بور لوٗتے، سوہ تہٕ سوتے اَنٛدِ کیاہ
مٔنزِ لُس ننٛگی وانہ نے، ہیوٚت مےٚ کھوتے لَلہٕ وُن

گوٗہ رٔشیدٕس مأل بُرُن، سأل کرُن ہیرِ بوٗن
پاش ترٛاوِتھ گاش اُنے، ہیوٚت مےٚ کھوتے لَلہٕ وُن

روٗزٕکل مٔنز دمٕس، لولہٕ شمٕس پرٛارنے
نَنہٕ کیوٗل دوہ رٔنے، ہیوٚت مےٚ کھوتے لَلہٕ وُن

لولہِ اَندر لولہِ گوو پتھ، لولہٕ ستی لولہِ پان
لولہٕ مے روز دامہ چینے، ہیوٚت مےٚ کھوتے لَلہٕ وُن

بھاگیہ وانہٕ ہنہٕ ہنے، سو مَنہِ گووپتھ وَنہِ آم
باگہِ آمُت بھاگیہ وانے، ہیوٚت مےٚ کھوتے لَلہٕ وُن



# 64 — کوٚرُم اوم اوٚمے

کوٚرُم اوم اوٚمے، اوٚمکارنے بنُن چھم
لگے گوہ رپادَن، تھوُم گوشہِ نادَن
بیٚہے مٔنز سادھن، گوہ رنے دَنن چھم

دُچھم مَنہٕ واجے ، زُگتک راجے
زِچھِس دوہ دِماجے، نَچھِتے زھنُن چھم

دُچھنِ کرٕ شتہٕ جیپرے ، کھووُرِی سہٕ شیپرے
چھُہ دیواد دِپوے، دِہہٕ نشہٕ تنُن چھم

کھووپرِی ترٕ شتولا ، دُچھنِ سوتُشیلا
بُرم لولہٕ میلا ، اَچھرن کھنُن چھم

چھُہ اَمرِ پتہٕ بالَس ، مَنہٕ کُس تھالَس
اُمِس جیا تالَس گوٕرَس کُریت اُنن چھم

دِمَس لولہٕ سیتی ، تہٕ چین تتہٕ کیتی
تِمے چین یمن سو سوہس مُنزرَسَن چھم

کھُنرس ہیوٚر وارہہ ، ہیتی آیہ دھارا
مےٚ دُچھمے سہٕ ہارہ، سوٚدرَس سنن چھم

کھُنرس وارٕ وارے ، تہبس زِن ستارے
وِسے ما دُوبارے، کیوٗل نَنن چھم

دُجس جیانہٕ مایے ، لگے لوٚت زھایے
گُنگا ہیے گیایے ، گوکل گنُن چھم

چھُہ تیپرس تیپرِے ، ہبنوٚر کیاہہ چیرِے
سو چھےَ اکھ وِیزِے، لوُنبرُے سَنُن چھم

گوٗرن سیتی میلن ، مےٚ چھےٚ اَدٕ کھیلن
ہُرن ژھوٚر موٚرُے ، چھوٚنی چھوٚنہے ماچھٕنن چھُم
ژُھپان گرتھہ ترٕہ پورُے ، مہٕ کرٕ زورٕے شورٕے
اُنتھہ روز چورُے ، بتَین کیاہہ پرٕژُن چھُم

یہٕ چھُم گورٕ واکھے ، چھُہ کیاہہ دوہ تیم باقے
سہٕ پانے ساقی ، میٚتر نرِدھنن چھُم
اُنتھہِ بھاگیہ وانن ، کھَسُن چھُے دیمانن
اَندرٕ اَبھانن کیتین اَنُن چھُم



## نفرت

یدی کسی منشیہ سے نفرت کرتے ہو تو یاد رکھو، نفرت تمہارے پاس واپس آئیگی اور جس پرکار تم اوروں کی برائی چاہتے ہو اُتنا ہی تمہارا نقصان ہوگا- تمہارے خیالات خراب ہونگے نفرت کرنیسے منشیہ کی دلی اور دماغی قابلیت کو سخت نقصان پہنچتا ہے اور منشیہ اپنی منشیتا سے گرجاتا ہے۔

# 65 — رُم چھم بولان

رُم چھم بولان اوم اوم ، اوٚمکارِ روٗٹھمکھ نالے

مُلالہٕ کنیاہ چھےٚ مۄتُنےٚ ، ماشوقہٕ از یتہٕ سونےٚ
وانیےٚ سوٚہ ہمچہٕ تارے ، ستیارِ روٗٹھمکھ نالے

تیٚلہٕ زوٗنہٕ پرکاش ہورسے ، ییٚلہٕ مکھسہٕ نقاش پورے
دوٗرے روزن نہٕ ستارِ ، کھاہوارِ روٗٹھمکھ نالے

ہوٗ وتھ منٛے کنیاہ خالبے ، آلبس اندر آپے
تنن تہٕ موٗٹن چھےٚ دشوار ، آبشارِ روٗٹھمکھ نالے

تیٚلہٕ شیشہٕ کران گل گل ، ییٚلہٕ میلہٕ گلس بلبل
بلبل چھےٚ ژھانڈان بہار ، لوہ کیچارِ روٗٹھمکھ نالے

ڈلہٕ منٛتی چھم چانی سوزن ، تم روز ژرتھ روزن
رالتس بوزن سیارِ ، سہارِ روٗٹھمکھ نالے

ہرِ موکھہٕ ہرگرژھہٕ جیٚونے ، ہری ہرس شیوٚنے
گنگایہٕ گنیایہٕ گپہٕ کارِ ، ہردوارِ روٗٹھمکھ نالے

سوارِ وچھمے برشب ، تراوِتھ تریاتہٕ سوشپ
منتر نندرا یسے قرارِ ، سوارِ روٗٹھمکھ نالے

دثیت جوشس منٛے حانی زولن ، تمی آلیس بہٕ شولن
کوٗمیلن گوٗنڈن منٛے نار ، یکبارِ روٗٹھمکھ نالے

سرخم روٗزس کرِتھ ، پرمیہٕ گنیاتہٕ برتھ ✢
ترتھ آہم آہنکار ، وہ پکارِ روٗٹھمکھ نالے

وآتھ سے منز سمھتے، ہموشئہ لکھمی سے پتے
دوؤن درداژن دوٗیاڑ، مُدیہ چاڑ رٹُمکھ نالے

سوٗہس تہ ہمسں نیرِ کھ، شیرے اندر شیرِ کھ
سوڑے سپُید ہموار، آہار رٹُمکھ نالے

ژوٗل بھاگیہ وانے نشاک برم، گوو شِد ناوے چھاوُتم
ژھوٗرم گامہ تہ شہاڑ، گوڑ دوٗاڑ رٹُمکھ تالے



## 66 — پیارے من موہن !

پیارے مَن موہن پایا درشن، آیا موہن پیاری
ست ست بولن ساتواں بھوجن، اوُر بھی ساتواں کاری

گنگا گیا اوُر بندرابن، گانا گیت گہاری
کھوکھن بھوجن دینا کھن کھن، لینا لیل و نہاری

گورو دھارن یا گووردھن، دھارن کیا دھاری
کھانا پینا جانا ہے تمر، آنا ماہی پیاری

رونا رونا سونا بچپن، ٹھاکنا ٹھاکرُ دواری
پھوٗل گئے پھوٗلن پوٗرن پوٗرن، پوٗرن پرم پجاری
کیسی پوٗجا، کیسا تن من، پھوٗلن کر یا ہاری

سونے کا لوٹا چاندی کا برتن ، چلتی گنگا دھاری
لینا ہے ورت پینا امرت ، ناگر گورو نر ناری
گانا گہاری لانا مہاری ، کھانا دہی دو ہاری ؞
پایا درشن گورو کے چرنن ، گو وند گر دھر دھاری ؞
دھیان میں دھیان ہے جو کھا گیہ وان ہے ، پران میں پران کی پیاری



## 67 — بے سوز وئے شبانہ

بے سوز وئے شبانہ ، جانانہ بوزم گئے

آشر زو چھم الاہی ، نہ ساماتے نہ صلاح
دو گنی گنیم دسوانہ ، دردانہ بوزم گئے

دارتھ روزم دستے ، لاگے استے استے
کھاور و چھمے خوبانہ ، تابانہ بوزم گئے

لالن کرمے مالے ، نالے ژٹتھ نالے
یکس وچھم یکسانہ ، روانہ بوزم گئے

مس چیتھ آیم مستی ، آدم منے ہم ہستی
ہیچس اندر ہیچانہ ، مستانہ بوزم گئے

دوٗن بیٚلہٕ سُپٕد مٕلیٚ ، ترٚیشہوٕ کٕرٕم سُبالیٚ
شاہن اَنٛدرٕ شاہانہٕ ، ہمراہٕ لوٗزم کتیٚ

پیٚرن دِشتٕم یادٕ کتھ ، دوٚپٕرس سپراسہٕ یادٕ کتھ
دوٚیہٕ چارہٕ رۄٹمَس دامانہٕ ، دۄانہٕ لوٗزم کتیٚ

لوٗزتھ کرٕنم یارٕی ، خالی وُچھن تارٕی
یادٕ تھ دشٕتم نشانہٕ ، کمانہٕ لوٗزم کتیٚ

وارٕ اگہٕ شُنستر گرٕتھ ، لولکہٕ المٲسہٕ برتھ
نہ رۆدی تیٖرٕ نہ کمانے ، نشانہٕ لوٗزم کتیٚ

ہیٖرٕ تہٕ کھٕترِس ہنیٚوٕرے ، ژھۄوٕرے ہیٚورٕم موٚرٕرے
وزانہٕ وُچھم گزانہٕ ، خزانہٕ لوٗزم کتیٚ

میٚتٕرے نہ دٕری یاوٕرے ، واوس اَنٛدرٕ داوٕرے
نوٚوِرے وُچھم نوانہٕ ، جیوانہٕ لوٗزم کتیٚ

بہشٕدے نہ رۆدی نادٕرے ، نہ سادھنا یِی سادٕھے
نہ ستہٕ سنطوٗرشمانہٕ ، دِیانہٕ لوٗزم کتیٚ

گوٗرن سیتی مانے ، نیٚرتھ چھُ ہیروانے
وُچھم یُنٕٹ یانے ، بھگوانہٕ لوٗزم کتیٚ

گوٗوٕبندٕ ژٕیے بھاگیہٕ وانے ، وُچھنہٕ توٚنہٕ بدانے
آنا کرٕتھ فانے ، دیشُن دان لوٗزم کتیٚ

# 68 — ژٕرے گووِندے ہیوٗر

ژٕرے گووِندے ہیوٚر کیشا لوتے، مےٚ منٛز سنٛگاسِنے چھے
سنٛگاسِنے چھے سوتہٕ سُتٛدے، پیشالا دوٚندا دوٚنٛدے چھے
اُچھن منٛز تراوِ دُچھنی کھوٚتے، مےٚ منٛز سنٛگاسِنے چھے
سنٛگاسنس جرِمے روٚتے، کینٛشرن جاین چھوتے چھے
کینٛہہ چھے ہیوٚر تہٕ کینٛہہ لوٚن گٕنے، مےٚ منٛز سنٛگاسِنے چھے
سنٛگاسنس چھے وتھرنے، پشٕر کاشہٕ کھوتہٕ توٚنے چھے
نقاش وچھیے رو رٕنٛہ وُنے، مےٚ منٛز سنٛگاسِنے چھے
سنٛگاسنس ژٕتے چار پالینے، اوٚتمت مےٚ چین ماچینے چھے
توٚت پالہٕ سوٚزم کوٗترٕ گٕنے، مےٚ منٛز سنٛگاسِنے چھے
سنٛگاسنس ژٕتے وُرن شالے، اَندٕن موٚختچہٕ جالے چھے
ڈالاڈِتم پچھم گٕنے، مےٚ منٛز سنٛگاسِنے چھے
ٹرژرے چھانے وچھم رٕژرے، وٕنتوپم کس کٕرژرے چھے
اَمی آلیس ژٕتیے ژٕرِ دٕنہٕ گٕنے، مےٚ منٛز سنٛگاسِنے چھے
گُبیم ترِتھ ییس ہُرِتھ، اَلماسہٕ کھوتہٕ ثبرِتھ چھے
تمی مےٚ سوٗرِے کوٚڈم نوٚنے، مےٚ منٛز سنٛگاسِنے چھے
گُیم پارِے وارِے وارِے، وارِے شمشیرِ دھارِے چھے
کُتا کوٚڈتھ کھتش گوم سوٚتے، مےٚ منٛز سنٛگاسِنے چھے

تمی ژھونڈُم مےٚ مرحمے ، کینژن گومُت دمے چھُے
کینژن لُدِتھ گوٗلوٚ ہرنے ، مےٚ منٛز سٕنگا ئتے چھُے

تیٚنزے چرنے چھُ گیاہہ جیٚنزے ، مےٚ کرژ وَن کوٕسہٕ دِیزے چھے
یٚیلہِ یہٕ مٔشگے تیٚلہِ چھُے دیُنے ، مےٚ منٛز سٕنگا ئنے چھُے

چھُس دوٕ دآسی تھوٗم مےٚ دآسی ، کس کرژ پریمکی کھآسی یہ چھی
لیٚس نش پریم وُچھِتھ گوٚنے ، مےٚ منٛز سٕنگا ئتے چھُے

کرُشنن ہیتے وُچھمے چالے ، سوٗرے مے حوالے چھُے
نہ کآنسہٕ ہیوٚنے ، نہ کآنسہٕ دیُنے ، مےٚ منٛز سٕنگا ئنے چھُے

وۆن بھاگیہ وانے ژٔنے ییٚنہ ییٚنے ، سَدا ایشوٗ تی دٕریے چھُے
سَدا مےٚ نش چھُے روزنے ، مےٚ منٛز سٕنگا ئنے چھُے



## 69 — دِمےٚ لولہٕ آلو

دِمےٚ لولہٕ آلو اسوٗنہ ہوٕشجے
یہ ہیٚٹھ لوٗشہٕ لنجے گرٕے گوٗر گوٗر

گیمُت لٔلہٕ زوٕلے اَندر توٚ نٔدرس
تِتی ستیٖہ سوٚرس سیدُم سوٗر
ہیتی سوٗر مُتی دیُتم وُشنہ گنجے ، بہ ہیٚٹھ لوٗشہٕ لنجے گرٕے گوٗرہ گوٗر

ژرٕسے لوٗگنھ اوٚنے، مے دٕیتتھم وۄنے
وٕنَن چھم لالہٕ بہشتٕچ حوٗر ؟

سَتانہٕ سآلاہ کرٕو ژھوٚنجہٕ ژھوٚنجے ، بہٕ سیٹھہٕ لوشہٕ لنجے کرٕے گوٗر گوٗر
شانُنک شمعے بہٕ نوٗر بیگمے
تمی یکٕ دمے گٔیس منظوٗر

مے شاہ شاہاتے چھُے روٗز رٕتہٕ پیٹھے ، بہٕ سیٹھہٕ لوشہٕ لنجے کرٕے گوٗر گوٗر
بشدرایے اشدر ... پرکھمے
دزالیس ژھانڈٕ نہٕ کنہٕ کیُٚ دوٗر

مے منزٕ لالہٕ گوشن وُچھیم سہ ہٕ رنجے ، بہٕ سیٹھہٕ لوشہٕ لنجے کرٕے گوٗر گوٗر
گوٚمُت ہشتر ہبیے چھُہ پریچہٕ شیٚنیے
سہٕ حاتم طییے مے لنش چھُنہٕ دوٗر

دُیتم ہبر تھَری رَت مے کھیو کھنجہٕ کھنجے ، بہٕ سیٹھہٕ لوشہٕ لنجے کرٕے گوٗر گوٗر
تمی حاناتے مے ژھونڈُم پانے
تمس ستی لوٗرن کرٕنی چھم لیوٗر

مے دُیتمس دانے وُستھہٕ پیٹھہٕ شنجے ، بہٕ سیٹھہٕ لوشہٕ لنجے کرٕے گوٗر گوٗر
ہیانک سونے مے نشوٗ نہٕ ہنے
تمس نوٗرٕ تنے چھُے ہیوٗ لمت سوٗر

لُبجی لوٗکہٕ پامن گبجی ژنجہٕ ژنجے ، بہٕ سیٹھہٕ لوشہٕ لنجے کرٕے گوٗر گوٗر
اَندر دفترس گٔیس آگرس
تمی کِشتوٗرس ہیوٗتم اوٚمبوٗر

ژرٕ ہتہٕ گوٚ کھالس مے کوٗرمس ٹنجے ، بہٕ سیٹھہٕ لوشہٕ لنجے کرٕے گوٗر گوٗر

جبٹن منر جبا جبا مکھٹا بابا

مئے بیئو یکہ وٹا ستک صوبور

ترترہہ تاپرترے سنگے ماچھ ڈنجے ، بہ بیٹھ پوشہ انجے کرے گوڑگوڑ
ترے گینڈتھ زارے پرسیر پیارے
دھیم دستوارے بچھم کیا لیور
بیا بانیئے منتر شبیا ماچھے ڈنجے ، بہ بیٹھ لوشہ لنجے کرے گوڑگوڑ
تُرنے لنشہ زھینہ گونت رت تہ استے
تمی لولہ وتھے ترے لنش جھینہ لور
پھولم کوئلنے گل ڈلم روہ بجہ روہ بجے ، بہ بیٹھ لوشہ لنجے کرے گوڑگوڑ
مئے یارم پانئے ستک سامانئے
کورم قعہ ربانئے دِلک دفر دفر
شلکُ تابانئے مئے انڈر وشجے ، بہ بیٹھ لوشہ لنجے کرے گوڑگوڑ
ترکر شنہ خلالے دوئے مو دیالے
بہ ہاوے نجالے ستک ستطور
انڈر کلہ کالے گشدم نیا برنجے ، بہ بیٹھ لوشہ لنجے کرے گوڑگوڑ
تلتھہ موختہ ہارا زھینتھہ تالی ہونے
ولیتہ آو دونے سہ نورک نور
گل ہی چل میلی گلی میں کنجے ، بہ بیٹھ لوشہ لنجے کرے گوڑگوڑ
چھو اکی سپے شاپے بیٹین کوزافے
مئے وونمے صافے چھو دون کیتھ کرزور
رٹکھ لنشہ پالس انڈر شکنجے ، بہ بیٹھ لوشہ لنجے کرے گوڑگوڑ

بنتھ بھاگیہ وائے کمالیچ کمانے
تمی یکسانے سُید منصور
چھینہ جیتتھ زارس اندر شترنجے ، پہ سیٹھ لو یشہ لنجے کرے گور گور



## 70۔ سنگرمالن کولہ کولو

سنگرمالن کوہ لہ کوہ لو ، سنگر ژھنڈتھ سون دوہ لو

پژ تھوہی پیرم دھامیے ، آگمس انا میے
دوہتہ آکاشس زلہ زلو ، سنگر ژھنڈتھ سون دوہ لو

ییمہ پژھ زئے کور متے لشہ تیاگ ، تمہ کے اوسم وآراگ
ہمہ ما یمٹ ندی ین زلو ، سنگر ژھنڈتھ سون دوہ لو

اگنس تہ واوس اتھواس ، نہ روزہ سور تے نے ساس
نہ روزہ پھل اڈنے کھلو ، سنگر ژھنڈتھ سون دوہ لو

چھے ترلشہ ہنتہ نے ترلیش دِنی ، کینژن کاشی کآشی ننی
کینژن ییمپر نینڈرے زوہ لو ، سنگر ژھنڈتھ سون دوہ لو

کینژہ نینڈر ہتی وزناونی ، کینژن سیر چھی باونی
یتہ چین رزن چھے لو موہ لو ، سنگر ژھنڈتھ سون دوہ لو

کینژہ چھی پرارن درشنس ، کینژہ امر تہ کیس درشنس
کینژن رندن گینڈتھم ژھلو ، سنگر ژھنڈتھ سون دوہ لو
کینژہ تینڈرہ متر زتے آلو دوان ، کینژہ سالہ متی سالو نوان

کیٹھہ یار پرارن یار بلو ، سنگر ژھنڈِ تھ سون وہ لو

رنگہ رنگہ باغس گل پھولی ، ذرے چھم چیا آنی زرے چھِ مہ للی

سوٗ سنبل تہ ہیبہ ہیئیر زلو ، سنگر ژھنڈِ تھ سون وہ لو

رُستو تھ بن دُشوار چھُے ، گُلہ نے تشہ سنگ نار سپے چھُے

ہم تُل اتھس چھکھ حا آلو ، سنگر ژھنڈِ تھ سون وہ لو

کم زیادِ دوٗ سمے خم ژترزاد ، لبس کر بدس وہ خ یر مہ چاو

سون چھم ژھتتھ لون گلو ، سنگر ژھنڈِ تھ سون وہ لو

دستہ بیتہ تمہ کھوتن چاہ ، استہ ژھتم لبس اللہ

سیٹھرے سلیمان ٹھان پلو ، سنگر ژھنڈِ تھ سون وہ لو

چھکھ شتیہ ہیئیہ وُنہ نیرما ، نیرِ تھ گامشر اکہ کشر یر ۰ ثا

تتہ ڈونگ لا ایتھ ڈونگلو ، سنگر ژھنڈِ تھ سون وہ لو

وہ نو ترے منشرِ تم زور چھی ، وچھ مور سنڈی ہوی کھور بچھی

سیمہِ ہانشر رُتھس ہانشر لو ، سنگر ژھنڈِ تھ سون وہ لو

شاہ ژھانڈ اتس کیاہ راہ کھوتم ، گجہ کیٹ مئے گھبگاہ ماہیتو تم

ست چھم اتھس بیتہ ماڈ لو ، سنگر ژھنڈِ تھ سون وہ لو

آدہ سادھن ہند ژسر ، تاجے ہلال تابان قر

وعدن تھوٗ وکھ یادن تلو ، سنگر ژھنڈِ تھ سون وہ لو

میئیے سیتی روزن چھُے سدا ، شیرس سوارے چھُے گدا

ڈیرس وچھیس ماکھ پلو ، سنگر ژھنڈِ تھ سون وہ لو

پرژھ نے ییمی وہ نی دور نو ، سادھن تہ وعدا پور نو

کرہ ہو ہو آل عا قلو ، سنگر ژھنڈِ تھ سون وہ لو

چھےُ بھاگیہ وآن لآ الاہ اُلف ، ساﷲ کرو اَزمُتلِف
کھین چھیمُ نہ کینژہ چوٚن چھیمُ زلو
سُنگر ژدھۆٹھ سون ودہلو



# 71 — پرٚوا سے چھُمنو دانہٕ

پرٚوا سے چھیمُ تو دانہٕ ✤✤ | پرٚوانہٕ گَتیٖو ہو ✤
ژٕ تیٖ سیٖتۍ مےٚ گوم یکسانہٕ | جانانہٕ متیٖو ہو ✤
اَتھ شمعہٕ روٚیس تیٖتھ | ناحق مےٚ کرٕ کتھ
نہٕ ژٕ ہیوٚندنہٕ مُسلمانہٕ | جانانہٕ متیٖو ہو
مِثالہٕ کھسوتہٕ چھکھ کمزور | یِتھ ہیٖوم موٚرانٕ کھور
ستھ گیمہٕ وحدت وانہٕ | جانانہٕ متیٖو ہو
زٕرہِ سے ہیٖوم زرگر سر | ہیٖتھ کُن مےٚ دِژ مے تھر
تاپن کٔرس تاپانہٕ | جانانہٕ متیٖو ہو
موختس مےٚ کوٚرتم ہار | زٕن چھےُ ژٕندرمہٕ تار
وُچھہٕ کیاہ مےٚ تھو انترانہٕ | جانانہٕ متیٖو ہو
شیوٚس چھس شیر | اِیکانتچہٕ ہیر
دم ہتھ چھُ نوشیروانہٕ | جانانہٕ متیٖو ہو
ہورِ ی ما میٖوتے داش | اَدِ چھیمُ نہ بچینچ آش
کنہٕ تےٚ گیمُ کنہٕ وانہٕ | جانانہٕ متیٖو ہو
لآ لہٕ ہشر ہوٚنی آسے | تھوٚکھتن ژھایہِ ژھایہِ

لوگنھ مجنون جاڻه +     جاناڻه مَتيو ہو
ہاراه ڻھنيو تھس ناڻي     تمه لشه کرمئے خالي
سَنه نيھ ونه ننه واڻه     جاناڻه مَتيو ہو
کمی لوگ ہوته خلاص     دَس دوته ڏيتئے واس
لس کربنيوس برياڻه     جاناڻه مَتيو ہو
وُجھيمکھ آدمی کھاو     کِتھه وَنه تمه کُے ناو
تمه کِنز کرمئے ماڻه     جاناڻه مَتيو ہو
کھن جين تنه ترڙوم     دِن راتھ ننگلوم
نيھ روزليس نيماڻه     جاناڻه مَتيو ہو
ڙئے مَنتراوس آئم     تُوه جھي سائري غم
وُنه توش جھے آداڻه     جاناڻه مَتيو ہو
ڙَڪه زال ليس وڏنھ     وڏ نمت کِھته دوڏنھ
لوگُنھ نافرماڻه     جاناڻه مَتيو ہو
ميئے اتھ سوُرے جھُے     تَھ جھَم جاني ڏنه

بھگواڻه ننکھه بھاگيه واڻه

جاناڻه مَتيو ہو



# 72 — میں گوُرُو کی داس دیالو

میں گوُرُو کی داسس دَیالوُ ، میں گوُرُو کے پاس ہوُں

پیچھے گنگا نیچے دَرِیا ، داسدیوُں کا واس ہے

راج محل کی راسس دَیالو ، میں گوُرُو کے پاس ہوُں

پہلے ہم نے ہَرِ دیا تھا ، پیچھے اُس نے وَر دِیا

خاصوُں سے خاص دَیالوُ ، میں گوُرُو کے پاس ہوُں

پی کے پی کے بھیس گیا تھا ، جیسے نس میں مانس ہے

ست اَسَت ابھیاس دَیالوُ ، میں گوُرُو کے پاس ہوُں

میں گوُرُو کی نام دَیالوُ ، اور نہیں کچھ خاص ہے

وِشئے وِشیہ وِشواس دَیالوُ ، میں گوُرُو کے پاس ہوُں

بھاگیہ وانی پریم وانی ، مُکھ مُکھتی مُکھاس ہوُں

گندھرو گرنتھ گراس دَیالوُ ، میں گوُرُو کے پاس ہوُں

میں گوُرُو کی داسس دَیالوُ
میں گوُرُو کے پاسس ہوُں



# 73 — لُس مےٚ اوسُے

لُس مےٚ اوسُے رٔژھمُت ، سُے شیامہ مےٚ لَشہِ بیٚوٚ ژھمُت
لاکرِتھ چھُم لۄسُمت ، سُے شیامہ مےٚ لَشہِ بیٚوٚ ژھمُت

چھُم مُشتاق حُسن گنجُس ، شِشتر نجُس گنڈِتھ درام
درِد دِل تمو ڈٔلِوٚ ژھمُت ، سُے شیامہ مےٚ لَشہِ بیٚوٚ ژھمُت

جیت جیتم جانانس ، جیلخانس جام جسم
بیچانس دۄژھۄمُت ، سُے شیامہ مےٚ لَشہِ بیٚوٚ ژھمُت

ستھ کرُم گوروے ، کرٔنی گٔنڈتھ شمُس تتھ راتھ تہ دِن
مے تہ مدہم میوٚ ژھمُت ، سُے شیامہ مےٚ لَشہِ بیٚوٚ ژھمُت

لَلہِ ہِنڈی یاژھی ڈالہِ ڈِرمےٚ ، نالہ رۄژھمے روبرو
شیوٚ شیوالہِ شۄژھمُت ، سُے شیامہ مےٚ لَشہِ بیٚوٚ ژھمُت

کاشہِ دۄیُم ماسٔتی ژھۄومَس ، کیتی آسہِم زاگنَس
یاد آمُت مۄژھمُت ، سُے شیامہ مےٚ لَشہِ بیٚوٚ ژھمُت

کارِ ستی پھۄلی وارِمیانے ، پیارِ روزِ لاگہ نشے
چھُ یارِ زاہتا دۄنژھمُت ، سُے شیامہ مےٚ لَشہِ بیٚوٚ ژھمُت

مَنہ نووُم مانہ نووُم ، ہتانہ سے ژھۄکُر تھۄوُم
دۄرِ رُک دُیہ ژٕلِوٚ ژھمُت ، سُے شیامہ مےٚ لَشہِ بیٚوٚ ژھمُت

گوڈٕ دۄرِ سرِ لۄت پۄوُن ، اَدِ سپرۄن آشرم
آدِنک اَن کۄژھمُت ، سُے شیامہ مےٚ لَشہِ بیٚوٚ ژھمُت

شیت شکھتی ھوگ ھکتی، ہیتھ مئے آسم آہتی ہ
کیتی یخیہ گو نٹھمت، سے شیامہ مئے لشہ ہیو ٹھمت

بھاگیہ وانسے غائہ زانے، آنہ مانے گونہ کنیٹھہ
یزتسی لیس پو ٹھمت، سے شیامہ مئے لشہ ہیو ٹھمت



## 74 — جاگو جاگو کرشنا

جاگو جاگو جاگو کرشنا، جاگو کرشنہ مراری
آؤ آؤ آؤ کرشنا، پیو تو امرت دھاری
کھاؤ کھاؤ کھاؤ کرشنا، کھاؤ دہی دہاری
جاؤ جاؤ جاؤ کرشنا، جاؤ باہر بہاری
لاؤ لاؤ لاؤ کرشنا، لاؤ لوٹا لوہا ری ہ
بھاؤ بھاؤ بھاؤ کرشنا، بھاؤ بھبھی بھبھاری
جاؤ جاؤ جاؤ کرشنا، جاؤ جلی جہاری
راگو راگو کرشنا، آ گئی رادھا پیاری
بولو بولو بولو کرشنا، کھولو موتی مہاری
تولو تولو تولو کرشنا، تل گئی تلی تملاری
گاؤ گاؤ گاؤ کرشنا، گاؤ گیت گہاری ہ
تھاؤ تھاؤ تھاؤ کرشنا، تھک گئی مائی پیاری
بالی بالی بالی کرشنا، بالی گھونگر والی ہ
اٹھی اٹھی مائی دیکھو، آگئی کرشن مراری

مائی کی پیاری راج دُلاری ، لاؤ موتی مہاری
مَت روبھاگنیہ وان بیٹا کرشنا ، بیٹی راج دُلاری



## 75 — چاآنی لولن

چاآنی لولن کرِس بامبرے ، گرِ گرے سئوہم سو
یان نآوِتھ ساوِتھ ژرے لرے ، گرِ گرے سئوہم سو
موکھ باوتم چھکھ کنتھ گرے ، لوشہ تھرے سئوہم سو
سِلسِلکی گل اُدہرے ، گرِ گرے سئوہم سو
رَوسرِ لیس یژرو ماہرے ، کَپہ دَرے سئوہم سو
گوزِ کرِ لیو دُروانہ درے ، گرِ گرے سئوہم سو
لے بیٹھی کرِ بجے آس ہرے ، روزِ گرے سئوہم سو
یارس ستی نارس ترے ، گرِ گرے سئوہم سو
لوُد نالوُد سوُد کیاہ ترے ، رحیہِ درے سئوہم سو
زرہ اُنڈرے زرماہرے ، گرِ گرے سئوہم سو
چھپے ساگر منتر گاگرے ، خیر خرے سئوہم سو
موُر ییمی ہوُرِ لس کیاہ مرے ، گرِ گرے سئوہم سو
چشم یاہوُ لب سٹکرے ، پیالہ برے سئوہم سو
کن دآرِ تھ من منترے ، گرِ گرے سئوہم سو

ناله رٔٹِتھ آلوٗے ترٔے ، مٔن وٗرے سوٗہم سوٗ
گنٹھ گنٹہ رٔٹیتھ پٔنتھ کتھ کرٔے ، گرٕ گرٔے سوٗہم سوٗ
موٗختہ ہارٔے میانہٕ ژُلرٔے ، روز لرٔے سوٗہم سوٗ
ژھینی نینہٕ نے پنتھ کتھ ترٔے ، گرٕ گرٔے سوٗہم سوٗ
پیٚیلہِ کھنڈریٚسے پیٹھ چپر خرٔے ، ہیرٕ ہیرٔے سوٗہم سوٗ
چھوٗنی پھوٗنی گوم سبنگرٕ ترٔے ، گرٕ گرٔے سوٗہم سوٗ
ڈٕکھہِ روز رُس کُنٛدٕن کرٔے ، دارٕ برٔے سوٗہم سوٗ
أنذرٕ حبشدرٔے نتہٕ کِتھہٕ ورٔے ، گرٕ گرٔے سوٗہم سوٗ
رازٕ ہمسٔس پرٕ ماہرٔے ، لولرٔے سوٗہم سوٗ
تَمَ کوٗڈ مے ہمسٕنہٕ گرٔے ، گرٕ گرٔے سوٗہم سوٗ
پیٚیالہ چیٚیےیٚے بالاورٔے ، گیہٕ ورٔے سوٗہم سوٗ
دوٗن کھوٗن دارٕ گُلدٕخ پرٔے ، گرٕ گرٔے سوٗہم سوٗ
آیہِ بھاگیہٕ وان کُنکلہٕ مرٔے ، لولہٕ کرٔے گوٗدبندٕ گوٗ
گوٗ وبندٕ تےٚ دھیانا درٔے
گرٕ گرٔے سوٗہم سوٗ



# 76— مَتہٕ گَنٛد تَم

مَتہٕ گَنٛد تَم ژھبیہ ژھارِن، گاشہٕ بٔرارِن پٔرارِ لیو

سِرِیہٕ سُندے رُوپ ہاوُم ، دیپ زالُم گیانہٕ کے

اَٹہٕ مُشٕراو وَٹہٕ بارِن ، گاشہٕ بٔرارِن پٔرارِ لیو

گیانہٕ سیرِیے گوم زوٗ دٔرے، پھوٗل مئے ۂرِ دٔرے گیانہٕ ستِے

اوم نارِن زدم دارِن، گاشہٕ بٔرارِن پٔرارِ لیو

نالہٕ رٔٹہٕ ہتھ ناد تالے ، دَیالے رو بَرو

گُل پھولہٕ تَم کُنٛڈی خارِن، گاشہٕ بٔرارِن پٔرارِ لیو

ژٕرُنی ہُنٛد دھیان سورٕتے، پَرِتہٕ آلیس گیانہٕ ستِے

دِیہٕ سَنگ چھُسے وَن یارِن، گاشہٕ بٔرارِن پٔرارِ لیو

تھٔنہٕ ژٕرارا روٗدٕ تھیوٗنی تھوٗنی، چون اُوزُم گوشہٕ وے

ہوش نیوٗم وَن ہارِن ، گاشہٕ بٔرارِن پٔرارِ لیو

کٔرِشنہٕ کیشو رُوپ وُچھمے، دیپ وُچھمے کیہٕ لے

سِتھ زیٛنتھ آٹھ[8] گارِن، گاشہٕ بٔرارِن پٔرارِ لیو

نوٗ دارے بَنٛد کٔرِ تھے، ڈٔہہ[10] چھہٕ ۂرِ تھے سیمتی

کہِ[11] مے اَنوارٕ کھارِن، گاشہٕ بٔرارِن پٔرارِ لیو

باہہٕ[12] وٕنی بٔرجن مئے وُچھمے، سِرِیہٕ سہ چھُمے کھاوٕرِ ستے

ہاوٕ کوتاہ باوٕ جارِن، گاشہٕ بٔرارِن پٔرارِ لیو

وُچھ ژوہ دِستے ہنز زوٗلتھ گنجا ، زانہہ سوہ وُچھما گرِ تہ نیہ
سیتی تار کھ چانڈ مارن ، گاشہ برارن پرار لیو
دوٗرے ژھِجم ییلہ سۄ مے ڈیٚو شھنُم ، ہی پھوٚلِم اَدٕ باغنے
توشہ نا اَنہ لوٗسش بارن ، گاشہ برارن پرار لیو
گُل پھوٚلُم سوٚنبل پھوٚلُم مے ، رُو ترُوٚلُم اَدٕ گاش آم
لنٛج پھلے وَنن یتہ وارن ، گاشہ برارن پرار لیو
لۄز کرٕ ہانے گوٚو بِشِدے ، نادِ بیشِدے روٗبرو
بھاگیہ وانے شانہ سارن ، گاشہ برارن پرار لیو



# 77 — لولہِ نادن داٗرِتھ

لولہِ نادن داٗرِتھ کن مے ڈیٚو شھوٗون ہا ہا
ژٕنی وِشکھیو مَن موہن مے ڈیٚو شھوٗون

گوڈٕ لاٗیمس لولکی نادے منے
اَدٕ لۄزِمس ییوشہ یادے منے
زِنڈہ پانے بیشِدابن مے ڈیٚو شھوٗون ، ژٕنی وِشکھیو مَن موہن مے ڈیٚو شھوٗون

سو رلی ناد لۄژُم کنہ وِیے منے
ژٕبیت ہا دِتھ لوہ رِست زِنہ وِیے منے
تُتھ کھیتہ سیے نایے گوم ژھین مے ڈیٚو شھوٗون ، ژٕنی وِشکھیو مَن موہن مے ڈیٚو شھوٗون

مور مُکتا داٗرِتھ شیام سوٗندر

چھُم تو ستھن لولہ لوسُن اندر

ستہ ستی چھس رکھمن مے ڈلیو نھٹھوون، ڈنی وِسنکھیو منموہن مے ڈلیو نھٹھوون

بالہ بھاو بُہ وِنم بالہ لیلا
نالہ ژٹنس یزھہ لس سُوشیلا

چالہ وُچھنس سوہ دامن مے ڈلیو نھٹھوون، ڈنی وِسنکھیو منموہن مے ڈلیو نھٹھوون

شران سندھیا زونم نہ پاٹھ لوژا
لگہ نیندِ یا ژانم نہ کانہہ جیپژا

کرمے دیا دیالن مے ڈلیو نھٹھوون، ڈنی وِسنکھیو منموہن مے ڈلیو نھٹھوون

سوہم اَن اوُنم چھاوے مے
بھوسر سے گنجہ نم ناوے مے

ناو تمی سند آتشِ گن مے ڈلیو نھٹھوون، ڈنی وِسنکھیو منموہن مے ڈلیو نھٹھوون

مَن نیو نم حورے ژورے مے
بھاو کورمس توسہ لیو نھبورے مے

سُتھ واد چھے گودر دھن مے ڈلیو نھٹھوون، ڈنی وِسنکھیو منموہن مے ڈلیو نھٹھوون

لولہ واون تر آدم دورے مے
ستی کاون لوُ زم شورے مے

بازیگرن چھنے ہُمَسن مے ڈلیو نھٹھوون، ڈنی وِسنکھیو منموہن مے ڈلیو نھٹھوون

کاہ ٹاوک ڈر چھیا ہمسہ روُسیں
مچھہ ہندی پر چھا شہ دلیس

پروالنس تہ ستی تن مے ڈلیو نھٹھوون، ڈنی وِسنکھیو منموہن مے ڈلیو نھٹھوون

عشقہ پیچان مُشکہ رزِ دلہ نے آو

ماہِ تابان شبنمہ چھلکے آو

منتر تارن راتڑ۔ دین مے ڈیؤ نٹھوون، ڈُنی وِسکھیو منموہن مے ڈیؤ نٹھوون

بھاگیہ واتے کُکلہ کور گووند گو

سو ہم سو ہمسو ہاتے ہو

شیو شمبھو میوں آدن مے ڈیؤ نٹھوون، ڈُنی وِسکھیو منموہن مے ڈیؤ نٹھوون



ہماری اشانتی کا مُکھیہ کارن
وِشے وِکار کا چِنتن ہے۔
اِسلیئے مانسِک شانتی کیلیئے مانسِک
وِوچار سے بچو۔
شاریرِک بھوگ اِتنا دُکھدائی نہیں
جتنا مانسِک ہوتا ہے۔
اور جو مانسِک دُراچاری ہوتا ہے
اُسکے مَن کی بے چینی سے زیادہ اور کوئی
شرمناک حالت نہیں ہے ❊

# 78 — مَس نیٚندرِ منٛز

مَس نیٚندرِ منٛز مَست گیٚس مَس پیالہٕ چوٚآنی
آرام نیٚو تھَم جلوٕ ہوٗ وتھ گو کھ روٚآنی
یاوُن ہا وُنٛدے ٹاٹھِ میانے ٹاٹھ جوٚآنی
آرام نیٚو تھَم جلوٕ ہوٗ وتھ گو کھ روٚآنی

بٕرٕ دُھن وُچھِمے مَست گامِتی نیٚندرایہ اَندر چھے
زٕر دار وُچھ بے حِس بیہِتھ مایایہ اَندر چھے
مایا دِ تہٕ لُٹس راوٕنس مایا چھِہ ہاوآنی
آرام نیٚو تھَم جلوٕ ہوٗ وتھ گو کھ روٚآنی

مایا چھے چھپایا اَتھ کا یایہ تھوٚآنی
وُچھ جور ہیٚنزے رایہ راوُن کورِ اِوآنی
وُچھ لانٛکہ ژھایا ژٹنے سایہ روٚآنی
آرام نیٚو تھَم جلوٕ ہوٗ وتھ گو کھ روٚآنی

اَکھ واس کوٚر اگنِ تہٕ واوُن سیتی گیوٚآنی
کرٕ دوٗر اَہم پانہٕ سیے نیہم وآنی چھے بھوٚآنی
وُچھ پانہٕ سیے منٛز ژوٚک تہٕ موٚد رٕس چھُہ میوٚآنی
آرام نیٚو تھَم جلوٕ ہوٗ وتھ گو کھ روٚآنی

منٛہٕ بھوٗ مکایے بیٚول اوٚمک روزِ تہٕ وٕوآنی
گوٚ پٕرٕ دُن اَندر پٕرٕ آنسے نوٚو آو نوٚآنی
سَنگ دِس لولٕ لولہٕ سیتی شولہٕ دوٚآنی
آرام نیٚو تھَم جلوٕ ہوٗ وتھ گو کھ روٚآنی

رٹھ ناو واو سس دریادن روز جوآنی
دم ہیتھ دمس ژاٹ شمس روز شاآنی
آہار شمس بتہ رمس بھاو بھوآنی
آرام نیتھ ہتم جلو ہوو تھ گوکھ رواَنی

تن دار روز زیادس تہ کمس گرتھ مہ ژآنی
موختار بن اومکار اوّمس گیت گیوآنی
گوو شیتہ ناوس لولہ شمس یاد سیوآنی
آرام نیتھ ہتم جلو ہوو تھ گوکھ رواَنی

چھے بھاگیہ وان تتھ زیپر سمس داد ہیوآنی
آرام نیتھ ہتم جلو ہو دتھ گوکھ رواَنی



# 79 — شاہ توسہ

شاہ توسہ ولہ سے نوزک پانس
کرزے جانانس ہوتے ہو

یرژانک پوّنے چراغانس
دھیانک ہوّتے چھ اوّم اوم
گیانک گیوّن چھ اندر پانس، کرزے جانانس ہوتے ہو
گوّر گوّر کوّرمے توّر دُردانس
سوّر یری یری گوم راتھ تے دوہہ

حوٗر چھیم زاگان گُل زعفرانس ، کرٕے جانانس ہوتے ہو
سینہٕ دِتھ سپرس تن دِتھ کالس
کُفر اسلامس دِتی مے ژھوہ
آنا تہٕ فان گو تونٛدرس تہٕ نالس ، کرٕے جانانس ہوتے ہو
پیٛار گوم کارِ خمٕ بِشراران یالس
سار گوم تارِ چھمب کوہ ہہ ذرکوہ ہہ
دوٗ گنٛشیار کتہٕ رٛودا وگنس تھانس ، کرٕے جانانس ہوتے ہو
نزانہٕ رٛیتہٕ زانٛ کرٕ نرانہٕ گنٛشیالس
مانہٕ رٛیتہٕ دوٗ بیٛنس مان کرٕ لبو
اُپشہٕ رٛیتہٕ مالہٕ کرٕ لوٗشہٕ وہالس ، کرٕے جانانس ہوتے ہو
سنتہٕ رٛیتہٕ ، گنتہٕ رٛیتہٕ ، ونتہٕ رٛیتہٕ یالس
کتھہٕ رٛیتہٕ دوٗ بیٛنس کتھہٕ کرٕ لبو
راجہٕ رٛیتہٕ راج کور آکاش تھانس ، کرٕے جانانس ہوتے ہو
ہر چھم میلتہٕ دالس دالس
گوہ رمنٛز دھیالس وچھن لبو
گوہ رحیم گرگرٕ لرِھا گیہ والس ، کرٕے جانانس ہوتے ہو



# 80 — شاہ چھُم دیدپ تے مُشٹر

شاہ چھُم دیدپ نے مُشٹر، شاہی چالہ وئیسی

گاہ چھُم وَعدپ تے مُشٹر، گاہ سموادپ نے مُشٹر
گاہ چھُم ناڑ سے مُشٹر، اندر مالہ وئیسی

گاہ دُریاو سے مُشٹر، گاہ چھُم واو سے مُشٹر
گاہ بالہ باو سے مُشٹر، گندران بالہ وئیسی
گاہ چھُم تشہ پالس، گاہ آکاشہ تھالس
گاہ مُشٹر بارالس، امر بیٹھ والہ وئیسی

گاہ یارس یارے، گاہ چھُم غمخوارے
گاہ یار لولہ نارے، کوتاہ ترالہ وئیسی
گاہ ست سنگہ تے مُشٹر، گاہ مڑ دُنگہ تے مُشٹر
گاہ روستہ زنگہ تے مُشٹر، ترّان ڈالہ وئیسی

گاہ ولہ نار سے مُشٹر، گاہ گُفتار سے مُشٹر
گاہ سون نار سے مُشٹر، اندر ہالہ وئیسی

گاہ سون دانہ دانئے، گاہ بنہ دُرد انئے
گاہ جانانہ پانئے، تالی نال وئیسی

گاہ ترّاو پانہ سے مُشٹر، دانس دانہ سے مُشٹر

یُتھ خوبانہٕ سےٚ مٔشتر، گُلکل نالہٕ وٕتیسی ہ
دِتیت گوش کھاگیہٕ وانو، مدہوشی سدا شو
گووہشہٕ ناوٕ سےٚ ہیتھ، پیالاہ ڈالہٕ وٕتیسی
شاہ چھُم دیدٕ نے مٔشتر، شاہی حالہٕ وٕتیسی



## 81 — ہَم تراو آہم کرژھوپے

ہَم تراو آہَم کسَر ژھوپے
ژھوپے کرِتھ وُچھ نیہٕ نیٚے

گہٕ رٔو وٕزنے مٔتےٚ یِی کَسُرن ہ
گو پرٕ دھیانہٕ سےٚ بیٹھ چھُے دُرن
ژھوپہٕ ہمشہٕ مٔنترٔ سے تِی زُپے، ژھوپے کرِتھ وُچھ نیہٕ نیٚے
گہٕ پرٕسُنٛد دھیان گرٹھ دارِنے
کھٔن سو تہٕ مَن گرٹھ مارِسنے
مٔنہٕ نے تیہٕ رٕتیشی وٕ آلی تیٚے، ژھوپے کرِتھ وُچھ نیہٕ نیٚے
چھپس کُلکلہٕ ہنڈی پاکھی دمس
دٔم ہیتھ دمس پراران شمس
گووہشہٕ ناوُک لوٚب مٔتےٚ لیٚے، ژھوپے کرِتھ وُچھ نیہٕ نیٚے

زرِ زرِ نزر بنی پانہ ہے ؏
ہر چیتھ بیٹھہ ڈالانہ ہے ؏

گوہر داماںنس چھے تھیپے، ٹھوپے کرتھ وچھ نپہ تیپے
لکہ ہیشدی پاتھی گرتھ تیلنے
پانے پانس میلہ نے

گوہر ٹزرتن پتھ بلے چھپے، ٹھوپے کرتھ وچھ نپہ تیپے
تو نندرس تہ ٹھانس میل کرن
رندئے نبتھ زندے مرن

ہی ییہ پھولیتھ ادِ لیٹی تروبتھ، ٹھوپے کرتھ وچھ نپہ تیپے
شمچ نتھ پانس نہ مس ؏
نشمتھ شتمن اکی ہے امن ؏

وگ ییلہ رٹکھ تیلہ ہوپے، ٹھوپے کرتھ وچھ نپہ تیپے
سوہے چھے کرے سوہے لوزا
لیہ کھے ٹھوپہ ہیشد جیرا

وچھ اد زلوکس تہ کس ہیچھے، ٹھوپے کرتھ وچھ نپہ تیپے
کیتہ ینہ ین گیہ سار ٹیے
دوہ ن ملہ ون گیہ تار ٹیے

تھانا بنتھ رفِ دے کفنے، ٹھوپے کرتھ وچھ نپہ تیپے
بھاگیہ وان ئندرس بنیڈ للے
زلہ ہے اندر وچھ زلہ زلے

مل چھوٹل تہ زل دپان کور شپے، ٹھوپے کرتھ وچھ نپہ تیپے



## 82 — رُم چھم بولان اوّمے

رُم چھم بولان اومے اومے ، مۍے سَر خمے کو سنم

گو وبیٹھ ناؤن مۍے جوش اوّنے، یہ کُس کوّنے سوز تم
اوس سے کوّتے کُس کُن زوّ تے ، مۍے سَر خمے کو سنم

دارَن ٹرھا آرتھ اوّنے پوّنے ، روّنے چھا ماڑھونڈم
دارس اَندر اَز گو پوّتے ، مۍے سَر خمے کو سنم

ٹرچھکھ دارتے یہ چھُس پوّنے ، سوزے سیرا بودم
گو رس تہ شیشس اَز گو کنے ، مۍے سَر خمے کو سنم

بھاگیہ وانے ووّن ہیوّت دیئنے ، گو رَن دھیاناہ سوز تم
اَنتر دُچھم سَنہ کھوتہ سوّتے ، مۍے سَر خمے کو سنم



## 83 — آم کُس بہانہ کرتھ

آم کُس بہانہ کرتھ ، لولہ بُرتھ گوم
شاہ چھے۔ تم شاہانہ کرتھ ، لولہ بُرتھ گوم

مےٚ خانہٕ اوسُم مےٚ برِتھ، طےٚ کرِتھ گوم
دَم دِتھ گیہ سُس ڈونگہٕ ترِتھ، لولہٕ نبرِتھ گوم
اَز سنگ وُچھم لال خٕرِتھ، حال وُچھمس شوم
بَہ حال وُچھم ٹُکر کرِتھ، لولہٕ نبرِتھ گوم
موختس اوسُم ہار کرِتھ، زار گنڈِتھ گوم
ڈنڈن ستی روز زنڈہ مرِتھ، لولہٕ نبرِتھ گوم
سۄے دھیان روزٕنس منہٕ دٕرِتھ اوم وُچھم زوم
گوہر شبدس ستی کرِتھ، لولہٕ نبرِتھ گوم
نےٚ ہیش روزِس پان گرِتھ، دوہ وَتن گتھ ییوم
پےٚ ہیتھ روزِس سوٚ سوٚرِتھ، لولہٕ نبرِتھ گوم
سوٚ ہِس تہٕ تمس زان گرِتھ، کھور مورِتھ گوم
دوہن دروازن تور کرِتھ، لولہٕ نبرِتھ گوم
گوشہٕ روزِس گوش تھوِتھ، جوش انِتھ گوم
خاموشس روزِس نوش کرِتھ، لولہٕ نبرِتھ گوم
مورِس آسِس تنہٕ خبرِتھ، شیر لاگِتھ گوم
کمہٕ وٕنہٕ اٚتِنس جینیو نہٕ کرِتھ، لولہٕ نبرِتھ گوم
گوشِد ناوک لول برِتھ، بھاگیہ وات گوم
ہرڈیشتھ بینیہ ہرنہ ہرِتھ
لولہٕ نبرِتھ گوم



# 84 — نہ بے پوختے نہ بہ خام

نہ بہ پوختے نہ بہ خام
مے کمی آرام نیتھ مرت ویسی سییے

دماد م شام شبائے آم
بہ سے سو دام بنے ویسی ییے

یہ چھا کیشو کرشن چھارام، مے کمی آرام نیتھ مت ویسی ییے

گوزن وونم مے گوہ واکیے
امی کتھ تھوو نہ کینہہ باقے
یہ کس گلوال تہ ساقی آم، مے کمی آرام نیتھ مت ویسی ییے

مے مس دیت لیکہ گلوالن
چھہ اوڈ کھاسن چھہ اوڈ پیالن
چھہ ماژالن یہ خاپے دام، مے کمی آرام نیتھ مت ویسی ییے

بنے پوختے ہرے موہ ختے
پھولن اد گل ینہ وقتے
نہ چھے اد صبح نہ چھے اد شام، مے کمی آرام نیتھ مت ویسی ییے

بنی اد موہ خستہ میون کھیت
کرے اد سار دوہن عالمن

بِمے اَدِ دام چھمے اَدِ جام، ہےٚ کَمٕی آرام نیٚوٗمت وٚسیہٕ
یہِ ماسٕرتل بنیے بیٚیلہٕ سوٗن
کَمسے اَدِ ہٕیوٗر آسیتھ لوٗن
ستارَن مَنٛز کرِ یے قیام، مےٚ کَمٕی آرام نیٚوٗمت وٚسیٚدِیہ
کوٗرٕ م تَس میلنٕک بیٚیلہٕ نٕز
وُچھیم کیٚنٛہہ نٕے سٕے کیٚنٛہہ نَس مَنٛز
وُچھم کیٚنٛہہ نٕے وُچھم بُربام، مےٚ کَمٕی آرام نیٚوٗمت وٚسیٚدیہ
کَنٛن کوٗرٕ م سُتک آلو
گُلو حارو سنگر مالو
گُلن اَنٛدر وُچھُم گُلفام، مےٚ کَمٕی آرام نیٚوٗمت وٚسیہ
دَمَن مَنٛز وُچھ دَمَن شُمار
کَمَن مَنٛز چھِے سَہ مُدٕ نُوار
رُمَن وُچھمے تَمَن بہرام، مےٚ کَمٕی آرام نیٚوٗمت وٚسیہ
مےٚ کرِ مَس لوٗسہٕ یِنے بیٚیلہٕ اوس
زیٚنے بیٚیلہٕ اوس بینے بیٚیلہٕ اوس
کرِتھ حادوٗ مرِتھ چھم خام، مےٚ کَمٕی آرام نیٚوٗمت وٚسیہ
مےٚ ترٛاوِم لوٗلہٕ واوٕن دوٗر
بہٕ نیٚرا برٛونٛہہ مرٛایتھ کھوٗر
ہہماسیتھ گوٗ وٕہِنٛد نام، مےٚ کَمٕی آرام نیٚوٗمت وٚسیہ
گوہِ رےٚ وُچھمے سٕرِس مُحرم
گوہِ رےٚ اَنام گوہِ رےٚ آدم

